کِتابہٕ ہُند ناو ________ دود کھٔٹِتھ گُلدانَن منٛز

شاعر ________ شہناز رشید

چھپن وٕری ________ سنہ ۲۰۰۵ء

سرورق ________ محمد یوسف بچہ سوپور

خطاط ________ قاضی عاشق حُسین سوپور

تیداد ________ ۵۰۰

صفہٕ ________ ۱۸۴

موٗل ________ ژٕ ہتھ تہٕ پٔنٛژٕہ روپیہ ۲۲۵/=

چھاپ خانہٕ ________ جے۔ کے آفسیٹ پرنٹرز دہلی

ناشر

نوید پبلشرز سوپور کشمیر

# اِنتساب

کأشرِ شاعریہِ ہُنٛد<br>
باگہِ بوٚرُت سرنامہٕ لیکھن والین<br>
—— تمن دۄن گاشہِ آگرن ہنٛدِ ناوٕ<br>
—— یِم لل دیدتہٕ شیخ العالمؒ ہندِ ناوٕ<br>
—— یِہ زٕتھ دِلس منٛز بسان چھِ



تارکھ چھہ اِز بتہٕ راؤِ مِتؠن ہِنٛز اَنان شیٚچھ
کٕہخاب ھَے زِنیٚا ے مگر خاب نَے زِنیٚا ے



مَلرَن دِتُتھ زِ ے حُکم بٕہِمٛس ناوِمیٲنؠ لُج
ووٚلرمِکٹ ھوا تہٕ چاَنؠ خدایِی اَچھَن تَلے

# فہرست

# آواز الاو تہٕ آینہٕ اگن

کأشرِس ادبس چھُ سائنس زمانس منز اکھ ہرٕکھ بال پننہٕ زیٹھ ہٕشہٕ پٔھر (GLACIER) کوچھ منز ہیتھ شانٛدس پیٹھ موجود ــــ رحمان رأہی تہٕ تِہنٛز شأعری۔ گلیشر چھُ زمینن تہٕ جہانَن ڈٔرِ یہٕ وادن سگہٕ وان تہٕ سبز تھاوان۔ اَکھتٕ واریاہن یگین أندری أندرے سٔریہہ واتناوان تہٕ ووپزن پایۍ بخشان۔ راہی ہِنز شأعری تہٕ چھےٚ سائنس ہمکال ادبس چار و طرف وُلِتھ تہٕ اُر کرِتھ۔ باسان چھُ امہٕ چہ مرطوب واو گژایہ پوشن برونٛہہ کُن تہٕ۔ مگر بتٕلہِ چھےٚ پننہٕ کراماژ تہٕ تمن ہشدی وٕل، ژھل تہٕ بل ہاوِنی لگن۔ باضے چھےٚ ہِشہٕ سوٚدرِ تٕلہِ ہنگہٕ منگہٕ کانٛہہ وُشن آبہٕ بُبرایا پھموار بٕنتھ ہیوٚر کھسان تہٕ ڈالہٕ دِوان دِوان نٕژان۔ اَمہٕ ستیٚ چھُ ہٕشہٕ پٔھر ہُند برم تہٕ دم کُنہٕ حدس تام کم گژھان۔ بیتھ کنٛز کُنہٕ جرار لشکرس منز یُس سلاح سامانہٕ ستیٚ گژہن گژہن آسہٕ کران، کانٛہہ موصُم شُراہ پننہٕ پادشاہ خیالکی ژٕنگرٕ تُلِتھ نظرن بےٚ شوٗنکی پاٹھو رہ نہٕ لاگہٕ۔

یمہٕ سومبرنہٕ ہُند شاعر، شہناز رشید تہٕ چھُ پننہٕ آلوٕ ستیٚ سانہٕ ادبی ہرٕکھک شاپہٕ مأژراوان تہٕ کأشرِ شارٕکس قأری یَس گنٛدان اکس نوٚیہٕ پوشہٕ بہہبنہٕ پیٹھ واتناوان۔ اَتھ حدس تأنی، زٕ تہٕ بوزن وول تِہنٛز ساز چہ گیتھ منز اکھ بدٕلے زگیتھ پرژناوان تہٕ پھاوان چھُ۔

شہناز سُند اصل انحراف چھُ راہی ہِنٛزِ زبأنی تہٕ بندِش ستیٚ وأٹھتھ، یوٚسہ لوٚژ لطیف،

کاشرِ ہنٛدِ باپتھ تھٕن تٕلیٖح، محاورٕ تہٕ ورتاوٕچ دۄد ہرہیتھ تہٕ ویٚژ چھےٚ باسان۔ سارِ ہے مجموعس منٛز آسن اِضافت واجبہٕ ترکیبہٕ گٕنٛزرٕنس لایقٕ۔ راٰہی ہنٛدِ طریقہٕ بَرعکس چھےٚ تٔمۍ خالے کینٛہہ نٔوِ ترکیبہٕ ورتاوِمٕژ۔ مگر تِمو تہٕ چھُس باوَن ہیٚژ تہٕ ہاوَن سوٗتٕر معنہٕ سوو، مَن رٔژروٗن تہٕ سوخن سرٲئی ہنٛزِ نٔوِ ژٲنہٕ لانکہٕ آباد کرٕن وول۔ باسان چھُ زن تہٕ اَکھ لوو بلہٕ کاغذہٕ بارسہٕ ہٕنٛسٕتس مٕتھ ژٕپان ژٕپان کٕنی شۄ ژُلیتھ تس برۄنٛہہ تہٕ نیرِتھ ہیکان۔ یہ چھےٚ سانہٕ شاعری منٛز اکھ رٕژ برانٛتھ تہٕ برانٛتھ بنان۔ یتھ منٛزٕ پینہٕ کالچہٕ واریاہ برکٕژ تہٕ بشارٕژ بوزنہٕ چھےٚ یوان۔ اِنشاءاللہ

اُدبُس چھُنہٕ پنٕنہٕ بجہٕ ماجہ زندگی ہندے پأٹھۍ کانٛہہ فارمولہ یا یوٗرے تھوٗر مُت قانوٗن برو بر تہٕ بیپہٕ بہہان۔ کُنہٕ کالُس ہرگاہ کانٛہہ ییٚژھ ہش خوش اندیشی باشہٕ کران باسہ، لو تہٕ کُنہٕ وِزِ تہٕ چھےٚ سو واقعاتن ہنٛدِ دۄہ کٕہرٕ دٕبہٕ مٕتۍ پھُٹان۔ مثلاً یِی زِ ٲوِس خیالُس گژھہ لٲزِمَن نٔو زبان تہٕ بَدل گنڈتی آسنۍ۔ یہ کٕتھ چھےٚ وِزِ وِزِ لانٛژٕس کھأرتھ گلہٕ ناوٕنہٕ آمٕژ۔ اِدٕ کانٛہہ بَدل کُنبہٕ ہُنٛد پُر اِمکان شاعرا چھُ نیران تہٕ نٔوۍ مناظر ہأوِتھ دِوان۔ شاعر چھُ ژٕکہٕ گنڈِتھ نٔو لنشہٕ بالا آسان۔ تۄے چھُ پانے پنٕنۍ میشرٕ تہٕ میزان بنان۔ شہناز رشید چھُ سانٛہن نوجوان شاعرن ہنٛزٕ پتٕمہٕ ہُنٛد پہ نسل چھےٚ مابعد جدیدیت کِس زمانس منٛز سوخن سرٲیی کران۔ شہنازس چھُ پنٕنہٕ رِلوایژٕ ہُنٛد۔۔۔ یُتھ منٛز راٰہی سُنٛد تھدِ سہتھریک کلامس تہٕ شأمِل چھُ، پور عرفان۔ مگر یوسہٕ زبان سُہ ورتاوان چھُ، تِتھ چھُنہٕ اُدبی زبانٕ ہُنٛد ہیتھ تہٕ ہُنٛبر۔ یوسہٕ زبان سُہ لیکھان چھُ، سو چھےٚ تِتھ خُدس تام دۄہ دِشہٕ بجر پرزنٛتھ تہٕ خصلت تھاوان، زَن تہٕ چھ آسی یہ زینہٕ کٕڈٕل وۄ کھلی ژران ژران بوزان۔ مُنٛزی ہیکہٕ اَتھ پیٹھ وۄزٕ ہنا دُورِمتِس مہجوٗرَن تہٕ بٕروٗنٛٹھ گژھِتھ ؎

اَدٕ کُنی ژٕزِ وِچھتھ ژۄداہِم زوٗن
دار اَکھ آسہٕ سُنہٕ عذابُن منٛز

ووٗنی یہٕ نیران تم گولاب کھُرہٕ بن
یم یہ اوٗسُس وُچھاں شابُس منز

○

میوٚن مطلب چھُ لفظن ہنٛدِس عاٗن غاٗن وجوٗدس سیتی، یمن منز چھُنہٕ کانٛہہ، لیُس نہ مہجوراٚمی مانہٕ کنٛز گنٛڈِ ہے۔ مگر ہِشر چھُ ییٚتےُ۔ اُتھ پتہٕ کنہٕ لیُس وہمِرش بلکہ SENSIBILITY چھےٚ، سو چھےٚ ساٚدرول اُتھ مثالہِ منٛز نے، مگر باقی شارن منٛز چھُ اُتھ لوٚو اُنہار تہٕ زٕبیٚن ترٛاے۔ تہٕ یۄہے چھےٚ یمہٕ مجموٗعچ زبٕہ وان ے امہٕ کھوتہٕ یہ کیا لوکیے شہرچ خیرؤنے

لفظہٕ ژاٗر پرٛاٗنی نے تہٕ توتہٕ رلوایتس نکھہٕ ڈکھہٕ۔ باوٕن ترٛاے ویٚز تہٕ وٕیہٕ وٕنی۔ گنٛڈتی سیتو وسیتو تہٕ البساوٕ شٕرکیٚو لنشہٕ مچھہٕ۔ بیٚیہٕ اُتھ منز آب رواںچ بےٚ پھرٕک روانی ـــ تاثیر تہٕ تاثٕر تازٕ بتازٕ۔ اکھ لوٚ ہوہہ راے ہِش تہٕ بدلے بدلے ڈُلہ گنٛز دِوان۔ ڈٕلیٚو کیشٕن شارن دِمو ساٚر۔ ے

یینہٕ لوٚ کھینیہٕ صحراوٕن پزٕو اوٚبر بٔنِن
ییٚنہٕ پنجرٕ پیٹھِن موٚکھٹ پرٛاٚرِمن مُدے گنٛڈتھ شہزادن
ییٚنہٕ زوٗنہٕ ڈبے گےٚ زوٗنہٕ دغادتھ
تِتھٕ گوو واراہ کال

(قرینہٕ بیٚھیٚر ــ نظم)

یہ گو ہنا وو پُر ہیٚو نظم۔ ساٚنِس بسو تہٕ ساٚرِس غزلس تہٕ چھُ یی حال۔

پہچان گٔژ اٚسس تمن مائہٕ، نظر راٚسی
کم اٚنٕز ورفتار اُچھو میلہٕ کنیٚن تھاسی
محفل سو اٚچھو کیاز وُچھم میانہٕ خدایا
دستار سٔرس اٚسی، نہ سرپوش بسٔرن اٚسی

یم چھےٚ ییٚژٕ ییٚژےٚ ٹُلنہٕ آمٕژ مثالہٕ۔ مگر شہناز ہٕنٛدِ فنج زٕتنز چھےٚ یمن منٛزٕ تہٕ موجود۔ زبان بول چال ہِنٛج مگر توتہٕ زیادٕ تازٕ، لفظ دستار دٕ جو مُنٛزی پھیاٛنہٕ، نکھٕ تلکی مگر ورتاو اَزی چہ حیثیت ہٕتی سوٚمس سوٚم۔ حرف کاشُرٕ ہیے پٕ، اخِتہٕ امہِ کھوتہٕ بجٕن زبانَن ہنٛدِس ہم عصر لہجَس بروبر بروبر ــــــ دژاپہٕ ناکھتہ زٕ ابہا بجی کاژٕ روُنل تہٕ گوٚبہ بیانَک وہ لہٕ بور بٕہٕ ٹُلنہٕ باوجوٗد ہیکہٕ تازٕ شعر اَزی کَس بوزَن واٛلِس اکھ اکھ رُوم کھڑناوِتھ تہٕ، تہٕ سٕندرٲوِتھ تہٕ ــــــ مینہٕ چھُ جرمن نقاد سائی سانگ سُندِ یہ قول بٕیہ یاد پِوان زِ رُت شاعر چھُ زبانہِ ہنٛز دوشیزگی بحال کران۔ شہناز سُند لفظہٕ لاش تہٕ آلو پلو چھُنہٕ ولیوُنے یوت، اَختہٕ اِمج بنٛدِش تہٕ ادائی تہِ چھےٚ کاشرٕ آیہٕ ــــــ ہاکہٕ بُدِس ییٚژٕ دیلیوٗک گنڈ۔ مگر جہان معنی چھُ چنتن تہٕ باس چہ طلسمی آیہٕ دوزٕ ہٕتی کتہ کوٚت۔ ییمہٕ مجموعک شاعر چھُنہٕ حیثیت چہ تازگی ہُنٛد باس دِنہٕ ہٕتی یوت ییٚنٛز آن ماٛنہٕ راوان۔ تَس چھےٚ اِلنسائی جذبَن ہنٛدِن تمن ویژارَن، آکارَن ہٕتی تہٕ رسائی، یمن ہنٛدی خولہٕ خط مَن سرایہٕ ہنٛدِن پاتالَن منٛز ژھینچھ دِتھ روزان چھ۔ یم اکاٛیِل تہٕ لفظن ہنٛزو کمنٛدو منٛزٕ پشی لبن گرٕنٛن ہندی پاٛٹھو ووٚتھ ٹُلِتھ زٕلن واٛلی جذبات اِظہار کس کٕژ ییٚژلس منٛز کاپہٕ اَنز چھُ اکھ بوڈ معنیاٛتی فتح آسان، تہٕ ییتھ کتابہٕ منٛز چھ ییتھو فتح مُبین سولہٕ سولہٕ ؎

نظرِ ییمہٕ لَس چھےٚ تمن سوٚ رہمہٕ اُچھَن راٛچھو کرِنٛز
سونٛتہٕ باپتھ چھےٚ تمس کُنٛ جہ پکھن راٛچھو کرِنٛز
اَکھ گداگر زٕ رنیوٗ مُت چھُ ہٕلم تام یمس
کوٗت مُشکل چھُ تمس لو ملہٕ موچھَن راٛچھو کرِنٛز
چاٛنٛز کاٛم آسہٕ تہٕ مالٕژھلہٕ ڈُوٗن تازکھ نب
میوٗن مَسلک چھُ مگر زوٗنہٕ بچھن راٛچھو کرِنٛز

ہ

پرٛزِتھ دوٚہہ لوٗے دلیل تہٕ سرتازٕ انکشاف

یِم چشمہٕ چانہٕ زٕنتہٕ چھےٚ کانٛہہ سائنسی کتاب

○

مُشکل چھُ سیکستانٕہ پھولنٕ پوش اَتھس پٮ۪ٹھ

اُنہار میون لوتہٕ وٗوان آسہ کٔنےٚ زوٗن

یُتےٚ یوت نہٕ، اَمُ چھ وانٛسہٕڑ تہٕ ززٕ مگر ورتاوِ پاہسہ اِستعارٕن تہٕ لوٗکھولو دِتھ تمن ہشن باوَن ترٛاین موکھ پرٛزٕناوِہتی، یِم وُنیُستام ژھاین ہنٛدی پاکٹھ شاعرٕن برٛونٛہہ کنہٕ چھو چھہ کتٕر کران آسہ، نگراتھے آسہ نہٕ پوان نہٕ اِظہارُک قالب سجاوِتھ ہیکان۔

کٔتھ پیٛٹھ بُلبُلو کھ کیاز دُچھِتھ خاب یوسفن

ہے میانہٕ سُتھرٕ کانہٕ ژٕنےٚ چھی داوِ داوِ کھرٕ

اَزٕ کس کیا کٕنہٕ زمانہٕ کس شاعرس تگہ نہٕ پیٛنہٕ نوٚو زمانہٕ چیٛو سسرلو گسرلوٕ تہٕ تِتہٕ رایولنشہ بےٚ خبر روزٕن۔ اَختےٚ چھُ شاعر ہندِ کٔنن تَل یِمن ہُنٛد صدا سمندر زیادٕ گرٕزان۔ شہناز رشید یِتھ کالہٕ ہالنگلہٕ ژوٚ نبتھ چھُ تتھ منٛز چھےٚ کشیر اُکس ودکھ آوٕلنس منٛز وٕ تلان تہٕ لوٗڈان۔ اَختےٚ ذکر ذکرٕ گتہٕ گیوٗر کران۔ سوٗرےٚ زٕگتھ تہٕ چھُ بُتھ ژھراوِتھ۔ وولیومُت تہٕ وٕ تل بُجہ کران۔ یِتھ مجموعس منٛز چھُ شاعرٕ سُنٛد قلم یہ سوٗرےٚ وبتراوان تہٕ وبیہٕ راوان۔ مگر کٕنہٕ شایہ چھےٚ نہٕ اَتھ صحافتی ایسرِ یاٹاسری اِظہار چِھ کانٛہہ گزاے۔ تفصیل نہٕ کٔنی مگر تاوِیل سوٗن تہٕ گوٗن۔ بوٗنہٕ ہین شارٕن منٛزٕیُس کھٔنڈ پھُٹ، کھرٕ دار تہٕ بھبٕ ژامُت سمسار بوزنہٕ پوان چھُ، سُہ چھُ پنٕنہٕ خصلژٕ ہُنٛد ترٕس دِوان تہٕ جگر ژٕٹان ؎

یِمن اُچھن چھُ وُڈن لانہٕ لیوٗکھمُت وٕقتن

ہُمن کٔنٮ۪ن تہٕ رٕوُن آسہ بےٚ پناہ لوٗکو

وُدو تہٕ خوب وَدو، ساری أسی وُدو یکجا
ڈلیو سمو تہٕ مقرر کرو دوہا لوکو

○

یمن ہنہٕ قطرٕ تہٕ آبک میٖہ وُچھ اُچھن اندر
تِمے وَنان وُچھم جایہ جایہ ناگ ہوکھن

○

پشمینہٕ کانٛہہ کتان تہٕ گُل ریز کانٛہہ پران
ڈُپڈِ زلس زسانہٕ شہر پیٹھس گوو زمانہٕ شین

○

پرٛتھ اَکس آسہٕ دِیو لوٗر رَنیوٗس

○

یم، کینوٕی شہرکی رٕینٛتی روے ڈیشتھ
کتی انہاری اَنہٕ پھٹےٚمتی یتھ تلاوس

○

بُلو تہٕ ماپرانہٕ زوٗن مَس پانٛس
تَس تہٕ ما آپہٕ کانٛسہٕ ٹانٛٹھس گوٗل

○

یام لج ناو لوٚٹھ بتہ لوکو وُچھ
اُڈی چھ گوٗلی، اُڈی چھ ٹھلی کھیتھ آمتی

یم چھےٚ کینہہ مثالہٕ، نتہٕ چھےٚ کتاب یمو گردٕ غبارٕ وستی ہوٚس مثر داوٕلنہٕ ہوی شاپیٹھ نقشہٕ ودتلاون.

جرمن شاعر گوئٹےیَن وَنیوٚ از ہیتھ زٕ ہیتھ ؤری برٛونٛہہ زٕ اَز چھ صداقت چھےٚ وۄنی اَکِس شیٖشس منٛز پنُن عطر پھیانان ـــ شاعری ـــ مگر شاعری چھےٚ لاشعورکہِ ظُلماتہٕ وُزِتھ تہٕ خابہٕ کِس رنگ محلس کُن وُپھ تُلان، رومان تہٕ لوٚلکی ناگہٕ سبزار ژھانڈان۔ یمہِ کتابہٕ ہُنٛد شاعر تہٕ چھُ اَتھی تنٛدلہِ منٛز۔ تمیٚ چھُ وُتھن ہام لگنہٕ تہٕ زنگن لام اگادِ گژھنہٕ باوجوٗد اکہِ طلسم خانٛک نقش دوٚہ تلوومُت ـــ یہ چھُ تسنٛد خیالی گام ـــ شُہُل، سبز، سادٕ تہٕ شفیق۔ اَتھ صِرف ذاتی پناہ گاہ وَنُن چھُ ٹاکارٕ صداقتس ڈام کرٕن۔ اَز کہِ بازٲری سمسارٕ منٛز، یتہِ اِنسان ہشر تَن، تسُنٛد مَن، زنانہٕ جسمن ہُنٛد لوٚسہٕ تہٕ تمن ہندٕن کاوِن ہٕتہ قوٚسن ہشر وَن جھَپہٕ مالِ تجارت بنیمتۍ چھِ۔ یتہِ اِنسانن ہنز یَژھہ تہٕ پرٛژھہ عقیدٕ، اصول تہٕ ایمان پنہٕ ڈینگین کھٲلتھ لیلام چھِ یوان کرنہٕ، تتہٕ چھُ وُنہٕ شاعرس اکہِ چھپن جایہٕ ہُنٛد پتاہ۔ تسنٛدٕن خیالن تہٕ لوٚکچارٕ کین یادٕ وُترٕن ہنٛد گام ؎

وٲنسی چانہٕ شہرٕ لوٚز میٚہ نابد چھُ یٹوٚٹھ گوٚمُت
وٲنسی میثانہٕ گامہٕ اَز تہٕ مُدری مٲشنر راٲژ ہُری

○

شہرس چھےٚ تیلہٕ سڑکہِ دٕہے دٕہہ تہٕ لارٕ لار
شبنم، گولاب، تازٕ ہوا گامہٕ کی وُچھان

○

کمخواب ہے رٕنیاے مگر خاب نَے رٕنیاے

○

تُمس گُنُتھ ژٕے شہر وٲتھےیہ گام یُنُن
نہٕ بے ژٕے یاد، نہٕ روٗدی ژٕ ہتس گلابہٕ گُلی

○

یَرْبَکہٕ آلو، لوٗہٕتی پوٗش تہٕ ژھوٗپہٕ دوٗپہٕ ناگہٕ پوکھر
کاہنہٕ نٔیتہٕ کاہنہٕ ژھینہٕ گومُت زوٗنہٕ شبس منٛز یاد بوان

شاعری چھےٚ حُسن گارنچ ترٛیلش نَوے چھےٚ ڈیکس دِژہہ کھالبھ شاعرن ـــــ میر تقی میر، بودلیر، میر انیس، میراجی بیتر لشہ تہٕ رنگ وُوٛیزان تہٕ رَس پرٛیڈان۔ یہ چھےٚ اکھ برٛژھ پاٹھ داویو یس ورگہٕ زنمہٕ کہن سوخن گوین اکِسے یارہٕ بلس بپٹھ سومبراوان چھےٚ۔ وُچھو تو نعمت خان عالی سُند یہ خوبصورت شعر ؎

رنگِ گُلشن بہ زمین طرزِ نگاہش ریزد
نقشِ پا برگِ گل تازہ بہ راہش ریزد

مرزا غالب چھُ اتھ پننہٕ طریقہٕ بپٹھ کنز باوان ؎

دیکھو تو دلفریبیٔ اندازِ نقشِ پا
موجِ خرامِ یار بھی کیا گُل کتر گئی

شہناز رشید تہٕ چھُ ہمیوشہ پادن ہُنٛد یہ خراماں وُچھاں تہٕ غوطن گرٛژھان۔ تمۍ تہٕ چھُ یہ حسین استعارس منٛز نقش بند کوٚرمُت۔ پننہٕ رنگہٕ تہٕ پننہٕ مزازٕ ـــــ ہیرِم دوشوٚنے شعر چھِ اکھ بیتہٕ کنہٕ وُزان۔ حالانکہ میٚہ چھُ خیال زِ تس آسہٕ نہٕ نعمت خان عالی ہندِ شعرُک ظوٗنے۔ پیکرن ہنٛزِ دورنگی باوجود اکِس اندرِمس سطحس بپٹھ بہنٛز ہمسائگی چھےٚ ہیٚ بُنگہٕ کران ؎

شامہٕ پُتہٕ پرٛہتھ پوٚد شمع وُچھےٚ گھاں
زوٗل کرِنچ زیرِ ہَن توٚرے چھےٚ یو

شہناز رشیدنی یہ شعر سومبرن چھےٚ پننہٕ مُشکہٕ تہٕ مأنہتر کنز کأشرِس اکھ شوٗبہٕ وُن گاج آراستہٕ کران۔ اظہارِ بیٚن تیز، بادشہ بلگ بتہٕ طاقتور، پیکرن ہُنٛد موٚرژخانہٕ انہور عنوان بہتھ، محاورہٕ چ لبہٕ پھرن نوٚ آیہ، مگر خوش نما۔ لفظت تہٕ بندش دوٚہ دِشرس نالہٕ متہٕ کران۔ یہ چھےٚ سانہٕ وَرتاوہٕ زبأنہٕ ہنٛدی اِمکان، نوٚ ثابت کران تہٕ یہ پارٕ سے دِوان زِ رُت شعر چھُنہٕ لأزمی طور نہٕ ویٛژوٚن یا مُشکل آزما آسان۔ یہٕ بعکس

طریقس اُسی اُردوٕ واٲلی سہلِ ممتنع ونان ــــ بوزُن تہٕ سارُن کیٛتُت سُہل مگر ونُن کیٛتُت کرٛیوٗٹھ۔ بہٕ پٔزھسَن یہ رحمان راہی یَس دیدہ مان، خاص طور غزلَس منٛز مابعد راہی 'POST RAHI' شاعری ہُند اَکھ رُت نیب تہٕ فرٛوٗژ سنٛز مانان۔

ییٚمہٕ سومبرنہٕ ہندی کیٛنہہ جستہٕ جستہٕ شارییٚش کٔرِتھ چھُس بہٕ پننِس یتھ خیالَس پٔتٔنۍ گرٛنۍ یٔژھان زِ یمن منٛز چھُ شوٗد شارُت تہٕ، تہٕ ایحساسُک ساد رواربا‌س تہٕ ؎

یَس نہٕ اٲلی فیٚچ خبر یَس نہٕ بے ٹیٛک پیتاہ
سۄے چھُ یُتھ داستانکو ورق بنی ژُٹتھ

○

یِکھل بِھلیو پرِکو لوٗر تہٕ لوٗرکو یور انان
جانا وارن چھُنہٕ سرحد سَرحد باسان

○

وُچھ دوٗرِ رگ وُہان تہٕ نزدیک آبشار
باسان چھم زِ زنتہٕ طلسمی چھُ میوٚن یار

○

اَکھ جنگ سپُد دوہلہٕ بتن تاپہ ٹینکن پیٚٹھ
ووٗنۍ گوٗژھہ نہ گرٛژھن بیا کھ یمن موم بتین پیٚٹھ

○

شہر تہٕ گامہ یرٛہتھ اُکس لوٗکھ کِنان اَلٚقو بیٚٹھۍ
میانۍ قلندرن توٗے یُر بتہٕ جاے ژٕٹ دِتھ ہے

○

ترٛیشہ ہتٕن معصوم پدٕن تَل پاٚد سپُد
زمزمی آبُس اَزلے رِشتہٕ چھُ کعبُس سٟتۍ
کُس نصف راٚژ آو تہٕ ژٔول داغ ہیتھ دِلکی
تارکھ ژٔرن گُبٹُس سُہ عجیب قزاق اوس

اٚخرس پیٹھ ــــ یہ چھُنا تعجب کتھ زِ سون عظیم ییُتھ کال تہٕ تمکی گاشہ تارکھ چھ کُنہ ساعتہٕ شاعرن اجازت ہیٚنہٕ ورأے تسنٛدِ کلامہ منٛز ناگہ بُبرہی ژٕنیران ۔ تہٕ پتہٕ چھ مینہ ہوس کأنسہ اپارِ بازرِ کُس ونہٕ گٔتس تسنٛد ناو شاعرس یاد پاوُن پیوان ے

ییُتھ صحراوُس پدٕ پدٕ سورٕگو ناگ وُزان
کرتاں دزاہتو پیپارٕی ساُنی جَد باسان

یہ ہینکہ للتادت تہٕ اٚسکھ ۔ کٲشرِ منٛز چھنہٕ صحرا نہٕ اوٚے چھےٚ کٲشرِ ہنبر کتھ واتان ۔ للتادت سورلیٚو صحرائے گوبی یُس منٛز یُس منگولیاہُس نِشہ چھُ ۔

بیاکھ شار چھُ پرٛزنہتھ ہیتھ مگر امیُک انداز چھُ مثالے ، مہجور سٕندیو تأریخی محاکاتو نشہ بالکل الگ ے

دیان ودٕلرٕ بُٹھس پیٹھ زٕبٹھ قَلم کاگُد
حَسن چھُ اَز تہٕ کہأنی کٲشرِ ہنٛز لیکھان

ہرگاہ کأنسہ یہ بوزُتھ علامہ اقبالؒ سُنٛد یہ شعر یاد پیو ع ہمالہ کے چشمے اُبلتے ہیں کب تک ۔
تس چھُ میون ییُے عرض زِ ییلہِ کأشر زبان زانٛن ودل حسن ، خواجہ خضر سُنٛد وتلُن تہٕ بوٚکُن وُچھان چھُ ، سُہ چھُ پننٛ قلم تُلتھ تتھ خضر سُنٛد عاصہ تہٕ بناوان تہٕ کٲشرِ ہنٛد ترجمان تہٕ ۔

وزارت روڈ ۔ جموں
کرسمس ڈے ۲۰۰۴ء

**محمد یوسف ٹینگ**

# غونچہ گولاب

ھرگاہ مےٚ کانٛہہ پرٛژھہ زِ اَزیٖ کین جواں سال شاعرن منٛز کم چھِ کاشُر زبانۍ ہنٛز تخلیقی توٚژھ ہنٛدِ حوالہٕ آش افزا باسان، میانہٕ زیٛوِ یِیہِم کرٛتام ناو بےٚ پھُرک پانٛژھ نیٚرن یِمن منٛز اَکھ بلاشُبہ اکھ ناو شہناز رشید۔

شاعری چھِ لفظن ہنٛدِس معنےٚ آفرین وَرتاوَس وَنان۔ معنہٕ تَلہٕ چھُ مُراد کُنہٕ اِحساسِچ، جذبٕچ یا خیالٕچ یا وَلو کُنہٕ گُدرٕنٛچ یا دیداگَہی یِہ ہنٛز۔ تِژھ کانٛہہ شارٕ صوٗرتھ یوٗسہٕ کانٛسہٕ تہٕ ثقافتہ شناس تہٕ رٕوایتہ آگاہ۔ بوزن یِرَن وٲلِ سُند تخیٔل وُزناوِتھ تَس پانَس منٛز آورِ تہٕ جمالیاتی حظ واتناوِ۔ شہناز رشیدنِس کلامَس منٛز چھےٚ کیٚتہٕ اِظہارٕکۍ مذکوٗرٕ مفہومہٕ حسابہٕ داد طلب چھہ۔ یِتھین اِظہارن منٛز چھےٚ لفظہٕ ژٲرِ تخلیقی وَرتاوٕچہ برگُزیدٕ مخصوٗص موضوعک جسم کیٛو جان بنان۔ سُہ چھُ اَکھ تیٛژھ فنکار یُس لفظنےٚ اندر تہٕ لَفظنےٚ ہنٛدِ توٚسلہٕ پنٕنۍ موضوع لَبنٕچ تہٕ پابرجا (ESTABLISH) کرنٕچ کوٗشش کران چھُ۔ تمہِ کےٚ مَطلب گوٚو زِ تسُند لفظ کیٛو معنہٕ چھِ اَکھ اَکس اَتھہِ انان، رَنٛزناوان تہٕ رَتھہِ کھالان باسان۔

کاشرِ شاعری ہنٛزِ رٕوایژ نِسبتھ تَسنٛز آگَہی چھےٚ شہناز رشیدس یَیلہٕ وِتیٚلہٕ تازٕ طرح ترٛاوٕنٛچ کوٗشش کرناوان۔ یِتھ ہِن کیٚنٛژن دٔہلین دوران لوٗگ کاشُر زبانۍ منٛز تہٕ غزل صنفہ

چلے جاوتہٕ کاشُر شاعری ہنٛدس پرٲنس میٖٹر نظامس لَر لوٗر ہُر یوو آر کاٗنۍ عوٗروٗضس ووستادانہٕ
وَرتاوٕ بہٕ یہِ وَرتاوٕ یمن کینژن معاصر شاعرن ہنٛز پھٲلیومُت باسان چھُ تمن منٛز چھُ
شہناز رشید اَکھ سرکردٕ سوخَن وَر۔ چنانچہ یُس غزل نوٚو اَرداسہٕ سببہٕ بُرُژہی مین یَسلہٕ
شاعرن ہنٛز وَزنہٕ حسابہٕ کُنہٕ کُنہٕ ڈلیوٕ یہِیوٚ باسان اوس یا بحرٕ کیٛو طرحہٕ رَنٛگی تنگ دامن باسان
اوس سُہ چھُ ووٚنۍ پرٛنہٕ پاٹھۍ چُس تہٕ تازٕ طرح بنیومُت۔ چُستیہٕ تہٕ تازٕ طرحیہٕ ہنٛز اَکھ کوشِشہٕ منٛز
چھُ شہناز رشید تِمَن واٚنہٕ شریک باسان۔ یہِ چھُ پوٚز زِ اَتھ کوشِشہٕ دوران چھُ وُنی وول بعضے
عوٗروٗضی تہٕ طرحی تکنگرٛ یہِ ہُند شکار گژھان، تیوٗت زِ نوٚیہٕ طرحن تہٕ سنٛگلاخ بحرن منٛز دسگاہ ہاوٕنۍ
تراے گراے چھے پھٹہ پھٹہ نیران تہٕ شاعری ہُند اَصل مقصد یعنے معنے آفرینی چھے گال کھاتس
گژھان یا موٗلے راوان۔ یہِ تہٕ چھُ سوخُن زِ جھرا عوٗروٗضی گزگتی نظرٕ تل تھاوِتھ کلامس منٛز روزمرچہٕ
ربوٲیژ لشہٕ ڈلتھ کینژن لفظن ہندی انتی اَچھر حرکژل بناونٕ کتھ حدس تام چھُ کارآمد؟ تاہم بیٚیہٕ
یہ اعتراف کرُن زِ عوٗروٗضی لحاظہٕ یُس ڈیکرٕ اوتام زیادٕ توجہس لایق باسان اوسہٕ تمہٕ لشہٕ بچنٛک
طلون چھُ ووٚنۍ ژوٚرٕ رُے پنُن بیدار گومُت۔ چنانچہِ یہِ وُنُن باسہ شاید پرٛزرٕ باو ہتھ زِ اَتھ ضِمنس منٛز
چھے رفیق رازَس تہٕ حکیم منظوٗرس پتہٕ شہناز رشیدنہٕ کوشِشہٕ خوشوِنہٕ باسان۔ یتی چھُ یہِ نوکتہٕ تہٕ قابلِ ذکر
زِ شہناز رشیدن چھُ اَرکانۍ عوٗروٗضنہٕ کہِ مشینی چیرچاڑ لشہٕ کم کاسہ موکجار لٲگتھ بیانہٕ کس رفتارس تہٕ
لہراوس تہٕ حسبِ ضوٗروٗرتھ اَہمیت دِتھ پننس تخلیقی جوٗدتس تہٕ جوٗرتس تہٕ کام ہینٛک سِلسلہٕ
شوٗروٗع کورمُت، مثال چھے "رہ مسافر" نظم۔

اَزی کین جوان کیٛو نوجوان کاشرین شاعرن روٗز غزل صِنفے باقے صنفو مقابلہٕ زٕر دامن کش۔
تتھ کیاہ چھُ سبب تہٕ چھُ شاید سوچنس لایق۔ البتہٕ چھے یہِ کتھ پھرٕنۍ لایق زِ کاشُر غزل چھُ ووٚنۍ
بالغ سپُدمُت باسان تہٕ شہناز رشید ہوی سوخنوٗر چھ اَتھ بیانٛگ کُسباو، تشبیہن، اِستعارن تہٕ بحرن
طرحن ہنٛز تازگی تہٕ موضوعچ فکرانگیزی تہٕ عصری آگہی عطا کرنچہ گوٚن درگوٚن سبیلہٕ ژھاران۔

برونٛہہ اوس شہنازؔ رشید تہٕ زیادٕ پٲہن غزلے ونان، مگر وۄنۍ چھے یہ وُچھِتھ خوشی سپدان زِ تَس چھِ تِتھۍ کینٛہہ تجربہٕ تہٕ سپدٕنۍ ہیٚتۍ متۍ یِموٗ باپتھ تَس نظم صِنفٕنۍ زٕر مناسب باسان چھیٚ۔ چنانچہٕ دَردَس سۄمبرنہٕ منٛز چھے غزلو ہٕریمابہٕ کینٛہہ نظمہٕ تہٕ شٲمِل یِمن پیش نظریہ وَنُن قبل از وقت باسہ نہٕ زِ شہنازؔ رشیدس چھُ نظم نِگٲری یہ ہُنٛد قٲبِلِ لحاظ بٕتھرٕ۔ ثبوتہٕ چھے تِہنٛز نظم "ہے ژٕ وۄدأہمو زۄنٛ۔"

شہنازؔ رشید چھُ شارٕ ہونٛزِ حسابہٕ کٲری گر نَنان تہٕ مختلف فِضا کیٚنٛہ صورتِ حال وۄتلاوٕنہٕ حسابہٕ اَکھ زُوزبہٕ وول فنکار۔ سُہ چھُ بعضے پٕتہٕ ہنوبِتھ کاکُل غمناک رفٲنٛی یادٕ وکیٛنٛہ قاضی غلام محمدُن ہیٚوٗ مزازٕ ژٕہتس یاوان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ پننہٕ نظرٕ وَژھرچہٕ برگٔرٕ عصری آگہی یہ ہُنٛد تلخابہٕ چاوان۔ تِمۍ چھے اَز پننۍ گوڈٕنۍچ شارٕ سۄمبرن ڈالہِ اُنۍ مٕژ۔ سۄمبرنہٕ ہُند اَکھ اَکھ صفہٕ چھُ ژٕینہٕ وَن دِوان زِ اٚہنٛدِ ڈٕسی سَپدن کاٚشرِ شاعری یہ ہنٛزِ پوشہٕ وارِ منٛز کیٚتۍ غونچہ گولاب تہٕ کیٚتۍ گُنٛڈۍ پیٚنۍ رٕنگن آدٕمی رٕتہٕ نَم۔

ٲلۍ ژٕنۍ لو کیچارِچہٕ رِتمہٕ یٔڑی یہ بنۍ پٲنٛس رستو
کیازِ کُن ظلون تہٕ یِتھ زوٗنہٕ شُبس برٛاندس پیٹھ

یونِسرٕ بن رٹنہٕ یونہٕ سونتہٕ شرٕ لو
اَز وٕنۍ یٔژ کاکُل کھولمُت ڈُبہٕ اوس

چھ ہنٛزی نغمہٕ پٲلی کور زہرٕ پھیکھ کھیاوان
کَنہٕ گرٕنھس نہٕ گرٕنھنۍ تَوے چھ زوٗدیوان

کاوَن تہٕ اُنہٕ ہیچ نہٕ خبر یارٕ بلن ہنٛز
واوَس تہٕ پتاہ اوس نہٕ یکبار پھُٹن نٹھ

ہَرڈک ہوا تہٕ زرد بیٚنکر ڈیر، اوٗبرٕ نب
تَس آبہٕ لاٗرٕمَن سو جوٲنی اٚچھَن تَلے

اَز کُنی ژٕنٛز وُچھتھ ژٕوداٗہم زوٗن
دأر اَکھ آبہٕ سَنٛخ عذابُس مشٕز

ناگ اٚسکھ پدبن تل، شٔہُل تالہٕ بیٛٹھ
کربلا ہیچ کراں اٚسی کیتھ بوٗنہٕ تل

یوٚس وناں اٚس وکھ چھُ واوٕ ژلاں
اَزتہٕ کُمرس اندر سو گٔر موٗجوٗد

ووٚنی کوٗت چھُ گرژھن تس تہٕ کیتن راتھ گُذٲرِن
دِے زانہٕ مُشتھ اوس گوٗمت کیاہ سُوارس

ٹےٚ سپُد شہر کیٛنَن لوٗکھ پراٗنی پلو
کُس چھُ دستار کِناں کُس چھُ کُلاہ دِی زٕ نظر

سۆرے پھُٹجن وُچھس منٛز دوہے، ییلہِ تہٕ گاٹھ ووٚتھ
سوداگرس چھےٚ واٮ۪نس گٕمٕژ ناوٕ تارٕ بُزٕ

پزاران آبہٕ شہرس منٛز سورُے گولاب ہیتھ
گوڈنٮ۪ک مگر پزاو چھُ ماتَم سرائے تَتھ

ئُبن سام ناپچ سو ژھینٛز مژ کتاب
پوٚتُس یتھ پٮ۪ن ووٚنہٕ دِلاوَر ژہتس

رحمن راہی

۱۱ فروری ۲۰۰۵ء



ہر موکھس شیٖنہٕ سۆدُر، دانہٕ کھٔہن چھُکھ سوزان
تُلرِ چھُکھ پوشہٕ چمن ، مانٛچھ گَنن چھُکھ سوزان

فکرِ ہندی اَنہٕ چھِ پرٛ برٛزان فقط چانی ستیٚ
ذکرِ باپتھ ژٕ ٲدری، میٖٹھۍ دٔہن چھُکھ سوزان

یَس تہٕ ینٛدر، سُہ بہرحال کتاں کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
یَس تہٕ اَلِسُن چھُ، تمِس ڈینٛجہٕ زٕنٛین چھُکھ سوزان

زِندگانی چھےٚ زُوَن پاے لباں، رنگ ژھٹان
خاب سوزاں ژٕ اَچھن، مانٛز اَکھن چھُکھ سوزان

ژے سمن بل تہ شمع دان سلامتھ نقاوان
چھکھ وُٹھن پیٹھ ژ اُسُن، آب اُچھن چھکھ سوزان

اوبرے ژے تہ عبزمتھ سُون رچھاں ژے یارب
پوژ سوزاں ژ دستار گلن چھکھ سوزان





مُدعایہ عرشس، سو نوٗرٕچ عٔلم مدینس منٛز
چھُ کاینا تکہٕ ورقُک قلم مدینس منٛز

ژٕمن وتن چھِ اُچھر وال تام ڈُوٗنہٕ کھوٚژان
مےٚ وٚنتہٕ تراوِ یہ کیتھ کنٛز قدم مدینس منٛز

سُہل تہٕ ما چھُ وُچھُن شہر سرورے عالمؐ
کُس آسہِ یُس نہ گژھن چشمہٕ خم مدینس منٛز

مےٚ گوٚژھ نہٕ واُتسہِ وٕنُن کانٛہہ زِ ووٚ تھوٗن واپس نیر
مُسافرس چھُ یُیتھُ یوت غم مدینس منٛز

دومید چھم زبیٔ سِشز گردپا میلیمٔ
مۓ خاکہ ستی برُن چھُم ہُلم مدینس منز

یُہۓ وسیلہٕ بناوُم ژۓ نش ینگ آقا
یُہۓ یہ نعت لگۓ بوزتم مدینس منز





چھےٚ وُٗنۍ دِوان تہٕ ژھاران آدمس پہٕ زٔمین
بیٚنُن بُنُن تہٕ پیٚنٛز داٗدۍ باوِ کٔس یہ زٔمین؟

نہٕ ڈیٛر گرژھان یہٕ اَکھتاہٕ نےٚ دزاں زوٗن اُس
گولاب دوہلہٕ، شبٕنس اُس لوٚلہٕ مَس پہٕ زٔمین

چھُ کیاہ یہ راز سیاہ شب وُچھتھ تہٕ چھُکھ پٔژ بزان
پٔژ ژھان آبہٕ لوتی گاشہٕ تارِکس پہٕ زٔمین

یہٕ ناد لایہٕ گُلن یام بوزِ سوٗنتہٕ صداو
دوہے تہٕ روزِ نہٕ آیینہٕ ڈٔدونٔس پہٕ زٔمین

کھٔزر چھُ تار گٔنِۍ، اَتھ نہٕ کانٛہہ شٔکے نہٕ شُبہ
گواہ فلک تہٕ خلق سارِنۍ سٔرس پہٕ زٔمین



واوِ رنگ اُس، تمی ووّن مےٚ شبس برٛانٛدس پیٛٹھ
یُس نہٕ زٕنہہ آسہٕ یِنہٕ، پرٛأرِ زِتس برٛانٛدس پیٛٹھ

یام نیران چھُ نوّن تاپہٕ ٹیوٚکاہ کاہہ تہٕ تِھےٚ
شیٖنہٕ کوہ تُس، سو وُچھاں شیٖنہٕ کوہس برانٛدس پیٛٹھ

دَم گرٛٹھاں آنہٕ وُچھتھ کیاہ زِ مےٚ ہُتھ کمرس منٛز
بُس یِیہٕ یوت یِیہٕ یوت پرٛزٕھس برٛانٛدس پیٛٹھ

ٹلہٕ ژےٚ لوکچار چھِ تم پٔرِ یہٕ سِنہٕ پانس سٕتی
کیاہ زِ کُن زوّن ژٕ بِہِتھ زوٗنہٕ شبس برٛانٛدس پیٛٹھ

سےٚ سٕہ جنگلُ مےٚ ژٕہتس پیوم برَس بلش وأتِتھ
ہُتہٕ لکن زنتہٕ ووٗنُم بانہٕ مہٕ کھس برٛانٛدس پیٛٹھ



أشہِ ٹاٰرِ چھس، پہ کیازِ فقط کوترن وُچھان
اکھ پست قد نظر چھےٚ مےٚ کُن حارِتن وُچھان

مُمکِن چھُ دوہلہِ آسہِ نہٕ بُلبُل تتھِن گِہوان
شامن سۄ ڈری چہ آسہِ مگر میٚنے وَتن وُچھان

لوکچارِ میثانہِ سیتؠ ژھیوٚنکھ گانٹہِ بیثارِ پٕنِ
اَز تام میثاۓنی یار چھ میثانین اَتھن وُچھان

سونٛچان چھُس زِ آسہِ مےٚ کم لعلِ بے بہا
کَس باوِ کیازِ چھُس پہ شَبس تارکن وُچھان

پَتھ کُن کھنٛژِ تہِ روزِ نہٕ نَے شوق نَے طمع
ہم گُل فروش روٗدی اگر سوسَنن وُچھان



ژٔہلاپہ بُزی گوٚمُت، نہ گوٚمُت اوس نارِ بُزی
سوزُے شہرٕ اوس گوٚمُت انتظارِ بُزی

سوے پھُٹِھن وُچھس مےٚ دوٚہے، ییٚلہِ تہٕ گاٹھ ووٚتھ
سوداگرس چھےٚ وأنس گٔمِژ ناوٕ تارِ بُزی

رودُے نہ کانٛہہ تہٕ دری چہ سلامتھ مےٚ چھم خبر
اُتھ شُنٛزِ زہے زِ آنٕہ مگر گئے سٕہ نارِ بُزی

دوٚہ دِین بُرن نہ کیٛازِ یمن تَل امارِ مُتو
یم ویرِ وار کیٛازِ گرٛژھن مَلگزارِ بُزی

تِم شوق یم گوٚلاپہ کھترِن پوشپرٕ ژ گیتھ آسی
تِم شوق موٚنڈی نارِ لوٚثُس وار، وارِ بُزی

# وقتہٕ ــــ چانہٕ ناو

وقتہٕ!
سوٚنتکہٕ رخہٕ
زالیوٚ مُنزِ ژٕوٚنگھ سیٚنکہٕ موٚ کھٹہٕ گھے
پوٚشہٕ لنٛڈ گاہے پھوٚنگھ
میٚانین اُچھن اندر،
گھے لوٕ ہوٚت صُبو پژر زلیوٚکھ
گاہے کاروانٕچ گرد،
حیاتٕچ میلہٕ پٹہٕ سیدھ

سٔتن سۆدرن کوٗرٕتھ گُل بێل
پژاواہ اکھ، تہٕ بَس۔

وقتہٕ!
مہرٕنہٕ رختہٕ
ژھینہٕ مِتی جامہٕ
زردیمتی گُلہٕ
گُٹ زوٗن
گوٚٹ اختابہٕ
پکھہٕ پھُٹ جانہٕ وار
تے
شوقہٕ ژسی شہہ توٚسی یاوٗن ......

کیازِ تقدیرس لیوٚکھتھ تی
ییٚنہٕ لیٚکھتھ اوسُے کتابَن

وقتہٕ!
نَہہ ژنگی رختہٕ
ساری عکس،
ہتم منظر بہارکی،

گاش پھٹہٕ لٕنج وِز،
شُبُک سمکُھن تہٕ سمکِھتھ
خوشبو یاہ انہارٕی خابَن ہٕشر زٕ ھلٕو
چھُم مےٚ سورُے یاد، سورُے چھُم زٕ ہتس

وقتہٕ!
دِم کیتیاہ صدم دِکھ
زٲلہٕ سورُے،
بس یہٕ اَکھ عرضی کرُے اَز

دوٚن اُچھن انٛدر مےٚ زٕ ٹھرِتھ کھاٚوہٕ مژ چھَم
یادٕ وُترِچ رنگہٕ مشدٕوٕری
اَزٕ ڈَب تھٕتھ اَز تہٕ پژر زان
اَز تہٕ تمہٕ کبس آنگنس انٛدر گو لالوسال کوٚرمُت پوشر ین
ازتِہ باسان پژانہٕ پھُچمژ ڈیڈِ تَل
میٚانین جدن ہنٛدی پٕدی گہاں

پٔدر

یِمن پژٕ بھ زوٗنہٕ رأژ اندر چھُ
ازکال میٲنہٕ سۄنچُک موٗنی کراں

وقتہٕ

پَتھ کالہٕچ پھُٹ گٔژھ دِتھ ژٕ بینہٕ ژٕلہٕ ہَم
لگے،
بینہٕ آیہٕ خالس کٔنہٕ حِیلا وکھ
یادٕ وُترِچ لرٕژٕ لہرکھ





نظرِ یمہٕ لتس چھےٚ تمن سو رمہٕ اُچھَن راٗچھ کرِنۍ
سوٚنٛتہٕ باپتھ چھےٚ تمِس گٔژھتہٕ، پکھَن راٗچھ کرِنۍ

اَکھ گداگر، زِ رِنیوٚمُت چھُ ہٕلم تام یِمِس
کوٚت مُشکل چھُ تمِس لوٚتہٕ ملہٕ موچھَن راٗچھ کرِنۍ

سانٛنۍ پاتال گمتۍ قاٗفلہٕ سمکھن تہٕ اتۍ
یتھ زمانَس چھےٚ پُراسرار گوٚپھَن راٗچھ کرِنۍ

جانہٕ وارِن چھ یتھنۍ آلۍ بناونۍ آخر
پۍ سمےٚ سوٚنچُم تہٕ ہیٚژم کٔنڈۍ دوٚپھَن راٗچھ کرِنۍ

چأنۍ کأم آسہٕ تہٕ مالَرٕ ھلہٕ ڈُوٗن تارکھ نَب
میوٗن مُسلک چھُ مگر زوٗنہٕ پَچھن رأچھ کرٕنۍ

اَز تہٕ پیران گرُبن پیٹھ چھ سوکھٕکو سوداگر
اَز تہٕ شہناز رشیدس چھےٚ دوکھن رأچھ کرٕنۍ





ژھوٗن پہٕ نار چھُ کالےٚ ، توٚے چھُ رۄد پیوان
چھُ راٗضِو سروِ قدَن دےٚ ، توٚے چھُ رۄد پیوان

کنُدٕ موخت چھُ چشمو ہُرتھ وَتن ڈولان
یہٕ گوٚڑھ نہٕ کاٗلنہِ لگُن پےٚ ، توٚے چھُ رۄد پیوان

چھ نیرِ لغزٕ پھِلو کور زہرٕ پھیکھ کھیاوان
کنَن گرٕزھس نہٕ گرٕزھنےٚ ، توٚے چھُ رۄد پیوان

نہٕ تارکن ، نہٕ سو پرتیتھ ووزٕ چھےٚ زوٗنہٕ نبس
دراپچہٕ بند چھ شامےٚ ، توٚے چھُ رۄد پیوان

مُشتھ گمُت چھ یمن بر ، یتے ژھٹُن خوشبوٗ
وٗں ترٚاوِ سُوٗتھ ظُہرِ سےٚ ، توٚے چھ رۄد پیوان



ہأر موجود، کاو ، ژۄر موجوٗد
نَے سُہ آنگن تہٕ نَے سو ٲر موجوٗد

ژُھ تہٕ دِتی زونہٕ نب وُچھتھ بارٕو
یادِ وُترِس تمِس تہٕ ہٕر موجوٗد

یوس ونان اُس وقت چُھ واو ژلان
اَز تہٕ کمرس اندر سو گژٕر موجوٗد

واوِ رِنگن وُچھتھ تہٕ وونی لرزان
کاہشہ ژٕنٛنہ کُنہ نہ دِپہٕ ڈر موجوٗد

وُرۍ یہِ وادَن وُجار بڑاندس لِش
روزِ ہے ما گُلاپہٕ کھٔر موجوٗد

کُس اکھا پوٗژِ کھقف تمس دِیہِ ہے
آبہٕ ہے لتس اگر سو ژُر موجوٗد





اوس تہذیب خانس بَرس پیٹھ لیٚکھتھ
سانِۍ اَجداد زِندٕ ، اَسی گٔے مُرتھ

یَس نہٕ اُلرِ فِج خبر یَس نہٕ بےٚ یِک بُتاہ
سُے چھُ یینہٕ داستانکو وَرق نِی ژٕٹِتھ

کُس شیشُہل یارٕ بل کاگج وقتس پھوٗرُس
شہسوارس گومُت کیازِ اَبلق مُشِتھ

زنٕت وۄٗتھ آسمانٕ مےٚ لَش راتھ کیٚژُت
کیاہ وَنےٚ زوٗل کیٚتھ گوو گُٹِس خط پٔرِتھ

برخزانن ستن حُسنہٕ کِہن ووٚتھ گڑھان
یُس نہٕ نظرے یِواں زٕنہٕ تَمُس کُن وُچھتھ

یادِ وُترِس زَنہٕ گوٚژھ نہ ژاپُن مےٚ شٔرز
راتھ کیٛتُت زوٗن روٚے گژھم نہ تھاوِنی کھُٹتھ





خوش گوم تہٕ میٚنے سوٚنٛتہٕ زُوبن کٔتہ جہ وُڑو کھٔڑ
کانٛہہ کیاز پیٚزٕ ژھم کمیاز مےٚ گُلریزٕ ورق ژٕڈ

غم چھُم نہٕ زِ موصوم اَچھَن خاب ڈلس پھٔٹ
دوکھ چھُم تہٕ یُتےٚ لوت زِرتم زوٗنہٕ شبس پھٔٹ

کاوَن تہٕ اَنھ اِیٛچ نہ خبر یارٕ بلن ہٕنٛز
واوَس تہٕ پتاہ اوس نہٕ یکبار پھُٹن ثٔٹ

کیٛنہہ اَسی سخت جان، تمَو ژھٔنڈی سیٚکِتان
افسوس زِ کیٛنہہ یار کتھن پوشہٕ تھرٕ لو رٔٹ

کٔہ تام تِمے اَسی فقط ڈٔنجِہ تھوٚتھ دِل
گٔری لوٗ یہ مُنادی زِ تمو نال پہٕنٛز ژٔڈ

# قرٕنہٕ پھیرُ

گَژھنہٕ گَژھتھ

کمہِ تامتھ پَتھ وَنہٕ بیٚٹھٕ

دوراں دوراں آوسہٕ کاو

پَشہٕ پَشہٕ پھیوٚر

ڈٕبہٕ ڈٕبہٕ دڑاو

ژھایَن پیٹہٕ دوریاو

ژٕ لوٚب نہٕ کہنْژ

ژٕ لوٚب نہٕ کہنْژ

شامن تام رودُسہٕ للہٕ واں

کمہٕ تاں شٔینہٕ بٕچھ کوسہٕ تامتھ ریٚہہ

کمہِ تاں زوٗنہٕ بٕچھ کوسہٕ تام شٕچھ واوٕج

لتس اُوسں یٖہٕ پٔےَ پتھےَ کُنہٕ قرٕیٕہ پھرٕنگ
تٔنہٕ گے وأتش یٔنہٕ بستی ہشٔز کُنز لوٗنی زٕچے یکھ
ینہٕ جاناوارو سمن بُلبس پُرمرتی شامٔن باگ
ینہٕ لوٗکھیٔنہٕ صُحراوٗن، پزٕ واوٕ برٕ نٕن
ینہٕ پنجرٕ پٹّن موٗکھٹ پزارٕن مُدّے گُنڈتھ شہزادن
یٔنہٕ زوٕنہٕ ڈٖیے گےٗ زوٗنہٕ دغا دِتھ
تٔنہٕ گوو وارأہ کال





پژہیتھ گاٹھہٕ تہٕ پژہیتھ ناگہٕ یِہیٚ کتھ چھےٚ نٹِین پییٚہٹھ
دلوابہٕ طبق نال گرٛزھن فوتٕہ پھلین پییٚہٹھ

اکھ جنگ سپُدٕ دٔہلہٕ ہتمن تاپہٕ ٹیکین پییٚہٹھ
ووٚنی گوٚزھ نہٕ گرٛزھن بیٚشاکھ یمن موم بتین پییٚہٹھ

گہہ روٗد، گہے شین، گہے واو گہے تاپھ
موجوٗد مگر آلی ژرین کنڈٕی تھرین پییٚہٹھ

یتھ راتھ پوٚژم لارٛ ووٚنی از تھُتی چھُ لیکھتھ دارٛ
روزِسے نہٕ کآنسہ پژھ وٕنُ یمن میلہٕ کنین پییٚہٹھ

میٚونُے وجہ چھُ طوطہٕ ٹُکلھ گیوٚسٕہ وٕنٛ یٔژ کاٗلی
میٚونُے برُ چھُ لیوٗکھ مےٚ مضموٗن کلین پیٚیھ

وُچھ زوٗن یوٕکی پاٗھٹ دزان اَز ستہٕ کُنی زٔژ
شہنازٕ مےٚ حاٗرکھ چھُ ہمن خوٗفتہٕ لرین پیٚیھ





یام ڈیٗوٹھن ریٖہہ ہیٚرٕن سورٕنی اَلاوس
پَتھ وٕنِکہ ساری طمع سورے یہٕ کاوس

گردِ برٕزہِ ما اِنتظارس چشمہٕ سپدَن؟
کیازِ وولکھ شام وَقتَن وُٗنی زِ واوس

لگہٕ گیوٚی گیوٚی پوشہٕ نوٗلَن زیوٗن عالم
کاکدن اندر ہٕ لَس چھون مرلہٕ ناوس

میانٗی اَرمان شبنمک سٕرہِہ پوشہٕ وُٗتھرن
نارٕ تیوٚنگل سبزٕ گاسَس چانٗی ہاوس

ہیم کیٚنوی شہرکی ہٕنے متہٕ روے ڈیشتھ
ہِکتہٕ اَہنٕری آینہٕ پھُٹہٕ متہٕ پَتھ تلاوس



تاپھ ہیتھ یُس اوس آمُت تَس بِچارِس پھٹ شِکأری
یتھ زمِستأنی زُوِس کُس ہیوک کٔرِتھ اَز تام یأری

زوٗن تہٕ تارکھ ژھنٛدی اَکھتاہ تٔسی شبنم تہٕ تمُو سےٚ
یَتھ زمینس ستی شوٗبیاہ آسمانَس رِشتہٕ دأری

اوس مادیوارِ بُرلِن لولہٕ ہوٚت دِل میوٗن لوٗکو
کمہِ کٔرِس گگ ژٕہ شونی طرفَن کٔرِس کمۍ چاند مأری

گٔژھتہٕ وٕنِن آرَن، گُلَن، شاہ توسہِ جامَن ناو یاوُن
یَس تہٕ یاوُن رود تَس نش زندگأنی دِین گزأری

ہُتھ وولہری واوُس خبر کر یُسفَس ینہٕ تاج موغلوَ
ییٚتھ چکس میانہِ ستوَ پیر لوٚو چھےٚ کرٕمژٕ تاجدآری

آسہ سمکھے مژٕ تمٕس شہرچ ژٕنٛز گٕژٕ کاتُھہ اچانک
واتہِ والس طوطہِ ژٕیے لنٛش، ہے وُنٛچ نادان ہآری





چھُ کُس سُہ نارٕ سوٗ دُرٕیُس اُمِس رَگَن پھیران؟
پہٕ کیٛاز زیٹھٕ جرٕ ین منٛز چھاپٕہ روٗس پھیران؟

تُجن اگر تہٕ ژٕ ٹن کیادِ وُشنہِ خوٗنج کتھ
یہٕ کُس چھُ سون لوٗ آرتیٛخ اڈلیوٗ کےٚ باوان

دیان وولرٕ بٹُس پیٛمڑ رٕ ٹِتھ قلم، کاگُد
حَسَنؔ چھُ از تہٕ کہائی کشیٖر ہنٛز لیکھان

وُچھی تہٕ کاُلنہٕ تمن ہوی سخی اُزٕنیک تامتھ
رٕچھان آسہ پتُن زادِ راہ تہٕ زوٗ خرچان

چھ شہوار، بےٚ بُھتی ہِتم قزاق صحراوکو
مگر، تہٕند سُہ سردار چشم نَم باسان

تسُند نقل کراں کُس نہ صابِ جبے دستار
مگر، کُلاہ چھےٚ تمُس کج گُلا ہیٚبے شوٗبان



---

[1] مشہور مورخ حسن کھویہامی



أمس ہرُد چُھ وچھس تُل ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن
ودہ زُل گوٗلاب کڈی کل ، ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن

ییتین چھُپی ہٕ وفا کأنسہٕ وعدٕ دِتھ کوٗر مُت
یمن گبلاسہٕ گُلبن تَل ، ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن

سُہ أنٕہ خانٕہ چھُ کتھ تام جایہٕ گرژھنٕہ گرٕ ژھتھ
یہٕ نظرٕ گوٚ ے سو چھےٚ وُزمل ، ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن

أمس چھےٚنی نہ سو شوٗد بوٗد زِ لوٗزکی گیہٕ کیاہ
یہٕ سوٗنٕتہٕ واو چھُ پاگل ، ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن

تَتے وُچھی ہٕ مےٚ پوٗنٕپرِ کران گتھ شَمہن
سُہ نَے چھُ سون سَمن بل ، ژٕ گرٕی زِ رٲچھ أچھن

# رٕہ مُسافِر

کینٛہہ گرد ژرِ گولاب، سکستان لَبِتہٕ پٮ۪دی
بے نیب مپلہٕ گئ، تہٕ بے بُھتیٖ ہم سَفرٕ ژور
حاصِل کہنٛہٕ تہٕ آوٕ نہٕ تَس ڈُے دوہَس پٮ۪کھ
اَختاپہٕ لوٗس مشٕرٕ لکو آکار رأوی تَس
کوٚنڈ واشِس کرٛہنہٕ رأژٕ بِکھن پھیر لیٛدرٕ ژھٹھ

اُکھیٖ منٛز دژاپہٕ زوٗن ، ووٚل اَسمان تارکو
شبنم ہیٚتھ آو دوٗرِ کتیٚن تام موٚت ہوا
تَس چھلِنہٕ آو گردِ وجوٗد، اُچھِ پھوٗجس گولاب
سَگرو چھِن گہان تہٕ اَبلق سیٖکلِی ژھنڈان
دوٚد واوٕ ہالہِ زَنتہٕ شمع تَس مُسافِرس
دیٛت زلوٗکھ سُجدٕ تُمی تہٕ لَوارٕ یَخ نٮ۪نہٕ لوٚگ
کُملیٖاپہٕ وُکھ، زبان تِھِتھٕ آیہٕ ذرٕ ذرٕس

بوزُم سلام طأیِفکِے رَہ مسأفرو
قَدمَن مہاجروا! پہٕ فِدا زُو تہٕ جاں کرٕے
وَندَے پہٕ لال بدرٕکہِ سردارٕ عظمتس
رٕتہٕ ئرِ اُحدکِہ ووزلہِ گولابو پہٕ سَردِمے
اَمنہٕ کہِ سفیرٕ لوگیَہ صُلحے حُدیبیَس
دَدرایہِ نصف راأزٕ ووٚتھاوٚش رَہ مُسأفرس

دَدرایہِ نصف راأزٕ ووٚتھاوٚش رَہ مُسأفرس
لوٚت لوٚت بُلند دستِ دُعا کرٕی مُسأفرَن
پھوٚلی آنٛچھہٕ روٚس گولاب، ووٚمیدٕن زبان آے
پَروردگارٕ تھاو سَفر میٚوٚن تازٕ دَم
یارَب! مےٚ وأتہٕ ناو تَتھ ناگَس قریب ووٚنٛ
یُس بوٚش کوثرَس تہٕ یمیٛگ سرٚیِہ چھُ زَمزمس





دِورِی پل چھ پاوان آزر ژٕہتَس
دِودار پاواں قـلاوُر ژٕہتَس

لۆبن سام ناپیٚچ سو ژھینٛزِمژ کِتاب
پولُتُس پٔہٕتھ ییٚنس ووٚزٕ دِلاور ژٕہتَس

یُھتُے سِکھ اُچھوَ کِنزِ ہرلِس راتھ کیٚنُت
تَمی وِقتہٕ پیٚن تَس سمندر ژٕہتَس

وُںں آسَن نہٕ اَلبان آہِن پیٚنن
ووٚزٕ آسی نہٕ یارَن سٕہٕ بازر ژٕہتَس

مُشتھ نیوٗل نب چُھکھ خبر کر گوٚمُت
چھ قِدہٕن مگر اَز تہٕ کوتُر ژہٕتَس

کنن گوو سُھتُے ڈوٗل والُن چَلنٕت
مےٚ ہیوٚو کشتوارُک قلندر ژہٕتس





گمُتۍ أطلس گدٕی ریٖشٕمٕز رفل
چھےٚ خالی گمٕژ زنتہٕ ژیٖنےٚ پیٖھٕڑ رفل

یُھتےٚ کم نظر لوٗٹہٕ نہٕن منظرن
تمی وِقتہٕ ترأوِن اچانک وُنل

چھُ وأرِوٕہی گرٕس منٛز سوٗرُے مشان
چھُ مُشکِل مَشُن مالِنیٚگ یارٕ بل

ژٕکس آنگنس منٛز دأرِتھ ہلم
کمیٖوٗ تارٕکن ونتہٕ گڈٕنےٚ ژےٚ کل

چھُ عرشو فرش سۓ یہٕ موسم یہٕ سۓ
یہٕ زوٗنۍ ژٕہ دأہم، نہٕ پمپوشہٕ ڈُل

گرٛڈھن کوٚت، چھُ جاناورن شب کڈُن
گُلاہ آنگنس منز رُوی زلیوٚ چھجل





آزارٕ سُے چھُ اَز تہِ مگر دَگ کٔمے پیٚہن
ووٚنی چھم سےٚتے درعذاب یہ شہٕ رگ کٔمے پیٚہن

برجستہِ سوٚنٛتہِ کیازِ نہٕ میٚشانٛن چھُوکَن پھُلَے
شاید دُکھ گلابہٕ تھٔرن سگ کٔمے پیُہن

ووٚنی آکھ پوٚرٕ پاٹھٕ اَتھَن کیٚتھ ژٕ شراکہٕ ہیٚتھ
چانٛو کتھو کرِٹایہٕ دِلَس گگ کٔمے پیُہن

دِوداراہ میشانٛہٕ آیہ پھُتر پیٚتھ لٔجی ژٹے لوٗلی
چھُکھ میانِ پاٹھٕ صاف تہِ چھی اَگ کٔمے پیُہن

اَسِکھ عجیب عنکہٕ لاگِتھ اُچھن دِیان
پرٛٹون آکھ لبنہٕ زیادٕ پیُہن، زگ کٔمے پیَہن۔



نازُک وُچھم مُنار تہٕ آہنٕج کلاے تھ
تابیر ووٚن ہٕ کأنٛسہِ سٔرس وُچھمۍ جاے تھ

ہزاران آبہ شہر مۍ سورُے گولاب ہیتھ
گوڈنیُک مگر پڑاو چھُ ماتم سراے تھ

یادٕے ہٕ لٔتس زٕ عأنٛز زٕمِستانہٕ پھوٚلی گلاب
ڈٕپِر زلس زمانہٕ گووہٕ، وٚری گےٚ زٕ ڈاے تھ

تھ دہ درِ بوٚنہٕ سِتی چھ وابستہٕ کُم بہار
واوس چھُ رۄخ خراب رٕچھُن گوٚڑھ خداے تھ

شہہ لوٚس ہِش سوراتھ زٕ ترتیب یوٚس دِژٕنٛے
تأبیر کیاوٕنے بہ ژٕنے، خابہٕ ہٕنیاے تھ



اکثر کمرن اندر راتس تارکھ مالہٕ گہان
شامن باگ چھےٚ سانین چشمن ساٹرے زانڈ ژلان

برنکہٕ آلو، لوٚ ہتھ پوشس تہٕ ژھوٚپہٕ دوٚپہٕ ناگہٕ پلوکھر
کاتھہٕ نتہٕ کاتھہٕ ژھینہٕ گومت زونہٕ شبس منز یاد پیوان

ہنگلہٕ پشوٗ پیٹھ کٔنٛتہٕ جبہٕ وٗڑو، دروازن تارٕی وٗتھی؟
تتھ شہرس منز آسن پیٹھن جامن منز اِنسان

پوشہ پیٹھ اکھ شبنٕم قطرٕ چھ پوشپری دِل رشنٕزنان
آرٕپلس چھ ونمراتن زنہٕ چھیتھ چانچھ ترٕلیش ہٕمان

ہے، ہے یتھ تالابس تاڑ چھے گاٹرٕ واٗنج کرٕہنۍ
ووذ چھُنہٕ ظاٗلم کتلکچ زوٗنہٕ تہٕ راتس جاسے دوان

یتھ سێکہِ سٔدرس منٛز آسے پتہٕ وتہٕ ظہکو محل بنان
لێس توگ واوس کوٚزتھ دیُن تمہٕ بے شخص لٔرچھے لوان



# ہے ژوداٗہمی زوٗنٔ

ہے ژوداٗہمی زوٗن موجی!
وَن ژہتس ماچھُے پہوٗاں زاٗنہ
میاٗنہِ لوکیجارُک سُہ شام

یاد آسی میوٗن آنگنُ
یاد آسی ژیرِہ کُج تمہِ آنگنج
یوٗس ڈاٗکھِس کھاٗوِتھ،
مےٚ اکثر موج شامَن باٗگی آٚسم
چاٗنٕ ساٗری داٗدی باوان
کُنڈی ہُرہُش ماجہِ آسے یوٗس ہُبتس چھچھِہ
تمیُک سپَے یا ژنےٚ اوسُے
یا فقط یُتھ میانٕ موجی اس واٗتِف

ہيءَ ڏوڏاہين ڳوٺ

اچانک اُکھ سِياہ شب آو

نَب اوس خوفناک

تارِکھے ڑھپۃِ اُسي گاۂمتو

سُئے سياہ شب

ييلہِ ڑِ اُسکھ پاۂ ہھپۃِ آۂمڙ

سياہ سوّدرس اندر

ۃِ اوسُئے زاگہِ رُوزِ کھڑ شڙز

ۃِ باسان اوس ڑاپي

وُڻي ـــــ يمي دَمہ

اُس سوےوِز

ميأذ موج آہستہ يأ کھٹين

پَئے، پِتاہ روّستےُ

اِجازت ہھپۃِ وراَئي

کھڑ سبھڑاہ تھوّد

تارِکُن نزديکھ

يا

تمہ ۃِ زيادَے تھوّد

سبھڑاہ تھوّد

ہے ژُوہ دأہمہ زوٗنی!

سمکھان موج میأنی آسی ضٕنورٕوٗر

لَتس ووٗنہٕ دٕہ کامہٕ ترأوِتھ اکھ شاہ یوٗکٕن وٕسُن

لَتس وٕوٗنہٕ چھے زیرٕ کٕج کھوژان کٕنی ژٕنی آنگنس منز

یِتھ کُھٹس میأنِس سیأہی نال ووٗلمُت

چھُنہٕ بُٹھِس اندر وُں طوٗطس دِل لگان





گُل آسی چھاوِنے تہٕ اوٚنُن آسمانہٕ شین
ژُھہن چھُ کیازِ لانہٕ لنیکھتھ میانہٕ پانہٕ شین

ترٛنیار بھیریتھ تہٕ دِلس تتھ نہ کانْہہ یَلاج
یَس آسہ وَتھ ژٕٹۍ چھُ تمُس بوٚڈ بہانہٕ شین

وِگلی ژٕرے تُلکتُرتہٕ مےٚ چھَن ترٛیش آرٕ پَل
سوزٕنے پہ ڈالِہ تامتھ ژٕ سوزُم لِشانہٕ شین

پرٛیتھ تاپہٕ دوٚد بَدن چھُ بِلان آخرس تتی
تتھ میانہٕ رازدانہٕ کنُن وانہٕ وانہٕ شین

چشمن نظر کرٕس تہٕ وزاں گرٕشمہٕ کال ہیو
نبضس مےٚ تھپھ کرٕس تہٕ لوٚبُم تاپٕہ تاپہٕ شیٚن

پشمینہٕ کاشہ کَتان، نہٕ گُلریز کاشہ پرٕان
ڈُڈ زلیٚس زِسانہٕ شہرٕ پیٚنس گوو زمانہٕ شیٚن





سیٖنہٕ دِن دولہِ سرابَن پانٕے
آپہٕ سَرچھکھ تہٕ بچاوَن پانٕے

کھُریِوٚ ڈیٖنجہ تہٕ واُلتو نہٕ گنٕے
چھو تُلاں کیٚازِ کھَتن یَن پانٕے

بَس یہٕے ، چانہٕ روٗمیچ کَتھ ہَش وُزٕھ
پھیوٗر ووزجار گولابن پانٕے

یِم گشٕلو اَز نہٕ پگہہ تاپہٕ دزن
ییٖن یمن یاد شٕہلو وَن پانٕے

روزِ روٗس وُزھ یِہ زٕھے رَب اَزتام
میل زٕہ وُزھ نہٕ کِتابَن پانے

تم سَمن بَل زِ یِمن دُدی بہٕ شمع
زاگی شہَناز رشیدَن پانے





گِروِ آبُس ہے گِہے سرابس منٛز
وٲنِس گُزریاپہٕ اِضطرابس منٛز

ہردِ کُس حال آسِہ لَتس سپدان
زِندٕگٲنی ژھِٹے یَس گولابُس منٛز

سینہٕ مُژرِتھ بُنٛٹھِس پیٛیٹھے آسان
ہانٛتھٕ ہانٛگِنز دری ہٕنہٕ آبُس منٛز

کھٹاکھ سورَمس کوٗرُکھ یمن چشمن
اَہنہٕ تِموے وُچھایہٕ خوابُس منٛز

اَز کُنی زٕنۍ وُچھتھ ژٔوداٗہِم زوٗن
داٗر اَکھ آبِہ سَنٛخ عذابَس منٛز

میٛانِہ گُلسریزِ ژھینٛز وَرق کرتام
بَس یِیٚہٕ لیٛوکھ تٔمۍ جوابَس منٛز

ووٚنۍ پٕہ نیٖران بِتم گولاب تھٔرِ بن
یِم پٕہ اوسُس وُچھان شبابَس منٛز





چون دعواہ چھُ کھَتن رۄدی نہٕ تأثیرٕ کرَن وأنی
میٲنہٕ اندازٕ چھ مۆجود وَتَن میٹھ کرَن وأنی

نَے پرژھان اَسس سو ووذ کو نگہٕ دَجن لۆ سغنُے پیَے
نَے تمس زۄنہٕ وُں از موکھتہٕ ژُہتھ اَسی کنَن وأنی

دژمنہٕ کانٛج تہٕ دیکھ میٛے، بتہٕ ووزُل گُل تہٕ دیکھ میٛے
سون آنگنَ تہٕ اگرژاے یُہس زخم چھلن وأنی

کیا پتہ کیازٕ نہ سمکھان تیٚلکو ہِوی وتہٕ گتھ ووذ
زانہٕ دَے نظریوان کیازٕ نہٕ دیوانہٕ کرَن وأنی۔

...

اُسی گُکن رۄدی ٹھِکاں وٲلنیہٕ پُرٲسرار تھزر پُچھون
بالہٕ تیٚنتالہٕ اُسی حیاٗژ چھِ پرتیتھ رٕژھن وٲلی

زٕہنہٕ تہٕ سوٗنچہٕ ہنٕ گُلیٖلُک، کِتھ چھوکھ آسَن لگی ہنتی اُتھ
گبل ژٔنے لاٗیتھ تہٕ گژھے گٔنز مۍ چلاٗوم تہٕ ژٕنیٚز وٲلی





جامہٕ ژٕٹناوِنۍ ژٕ ٹۍ کاںٛہہ شاٸے چھیٚیو
زوٗہٕ گاشس اَز تہٕ واپنزٕ نٸ چھیٚیو

یوٗنہٕ سوٗنٛتکۍ گُل چھیوو پاوِنۍ ژٕہتس
سارِنۍ آنن ٹٕلنۍ اَز کھٲے چھیٚیو

اَکھ نظر ترأوِتھ تہٕ اَلرووُتھ وجوٗد
ظٲلمو! والِنٛجہٕ لُر کاٲلے چھیٚیو

شامہٕ بٔتہٕ پرٛیتھ لوٚد شمع وُچھنہٕ گھان
زوٗل کرٕنٛج زیرہٕن لوٗزٕ ے چھیٚیو

اوّش جَرِّن نالَس پہ موخْتَس کُش کڈُن
پرِڑھ عطائی وَن گمُر اَزلے پھیّو

خوشبو یاہ کُستوزی نا پج پھے پلوان
"ہا فقیرو سانہ جنگلچ لَے پھیّو"





اِنتظارس کاجہ بڑوشٹھے دوہ ڈلے
اوس ماپئے موۓ لوکچارٕ چھتے

سُتھرٕ کوٚنے آسہِ یئس لَتس تنیرِ شب
یئس نہٕ آسی کینٛہہ سو کیا یُشدٕر کتے

موخۂتہٕ جرُنگ وعدٕ یَتھ نالَس کریوٚتھ
گُنٛز بہٕ لوٚ لگیو ژَےٚ لأیتھ یَتھ لرے

کٔمؠ چھُ کوٚرمُت زوٗل، بر کٔمؠ تھوو بند؟
کَس چھُ یُن یٔژ کاٗلی، والپس کُس ژلے؟

ویرِتل دَم دیُن سیٹھاہ دژوٚگ پیوٚو تُمِس
پِی نکھس اوُسس تہٕ تی رُودُس وتے

سنگسأری پیٚیِتھ تہٕ گُلبأری تہٕ پیٚیِتھ
ژالِہ نُک عادَتھ چھُ کوتاہ یَتھ تنے

عارِ تَے میانِن گُلن ہُند آو لَتس
"لایہ بَبرے، چھوکھ مےٚ لوٗیُن تابَرے"





## پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ موٚت بولہٕ نوٗم

(لل دید)

گنڈٕ آمہٕ ینگ توٚگ ناوِکرٕن ، مَن سۄدرٕ ترٕن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ
زانٛہہ توٚگ نہٕ مگر داماہٕ پنُن اَشس وانہٕ چھلُن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ

کتھ آیہ نٕچ مٕچ برٛونٛٹھ مگر اسرار تمکو ٹھٕتھ جایہ مُٹھکھ
کانٛہہ بُتلہٕ پزٕرٕ ژھی، توٚگ کوٚنہٕ یمن لل ترٛاگ سُرٕن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ

کس لانہٕ لیکھن تارکھ تہٕ کمس اختاہٕ متھون چھُس تالہِ پیٹھے
ٹھُکٕ لوٚب تہٕ کہنٛی یَس توٚگ نہٕ کرٕہُن اَسمان پرٕن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ

میٚنے یوت تہٕ گُر یا زادِ سفر، درواز نیبر زانٛہہ ڈراس نہٕ پے
میٚنے یوت مگر ہتہ بال ژٕٹھ تہٕ پتہ وَن چھُ گرٕژھن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ

نَے نیبرٕ مےٚ زانٛہہ اندر توٚگ اژُن، نَے نلہٕ وَٹھ وترٕن توٚگ مےٚ توٚے
سوٚنٛچان پہ چھُس بے پانہٕ ژٕنے کیاہ لَل واکھ پرٕن پلوٚت زۄنہٕ ۆُتھتھ



نلاش چشمہٕ کرٕن لعلِ بے بہا لۄکو
پگاہ سٕہ سمکھنہٕ یُس سپدِ ازٕ جُدا لۄکو

گٲبے گُلن تہٕ گٲبے ڈٕودِنس ہلم دٲرِتھ
یِمن بیمار أچھِن گوٚژھ بنُن شفا لۄکو

یِمن دوٚکھن تہٕ چھوکُن ہُند کوٚڈ جلوٕ سہ یلہٕ وے
مگر گوٚوِے نہ کٔنن کأنسہٕ ہِسر صدا، لۄکو

یِمن أچھن چھُ وُدُن لانہٕ لیوٚکھمُت وقتن
ہُمن کنہِن تہٕ رِوُن آبِ بے پناہ لۄکو

وَدَو تہٕ خوب وَدو سٲری أسی وَدو یکجا
وُلیو سٔمو تہٕ مقرر کرو دوہا لۄکو



وولہٕ دُدونس ٲوٚن عذاب اَئو
کُنہٕ جایہٕ تازٕ گولاب اَئو

چھُ بنان اُچھن ژٕلہٕ ما کجر
وولہٕ سورمہٕ اُسی بےٚ حساب اَئو

ژٕےٚ دوٚپُھتھ تَلاو کُھنوٗت کھنٔز
مَتہٕ وَنہٕ ژٕے، کِتہٕ آب اَئو

کِتہٕ ئے سُہ کُتہٕ چھ وُڈٕو سُہ پھوٚر
کِتہٕ رٲوٕمژ سو کِتاب اَئو

أسہِ عادِ پھتے کُنہِ غاأر انن
کُنہِ ساتہِ پاہِ عذاب انوَ

یتہِ گُل أنہہ چھِ تتی بَدس
مےٚ پژرہان چھُکھ کتہِ خاب انوَ





نہ وُزلی نظر، نہ بھرہٕ ٹل شہر، نہٕ پکھے ژٹان چھ کوترن
ژٕے کُمُووٕنے، ژٕ ونان کیا، ژٕے لیقین کوٚرہٕ ہتہٕ پرٛژھن کتھن

نہٕ چھُ رحمتک سُہ اوٚبُر نبس، نہٕ دعایہٕ نِم شبس اَثر
نہٕ مشالٕ کانہہ، نہٕ چھُ زوٗنہٕ گہہ، نہ سرائے کانٛہہ چھے مُسافرن

نہٕ خوشی بتمن چھے بہارٕچی، نہٕ غمے زٕ زردِ سبز فضا
چھ دیان گام ہتہٕ کیشاز بہ جُم نہ گژھان گُکو لہٕ صدا کنن

یہ وجوٗد میوٚن ہتہٕ مُنتشر، چھ ہُمن ہتہٕ اَبٕہ دِلکو رُٗل
نہ چھُ سالکن سُہ تلاشِ حق، نہٕ اَچھن سو تیز قلندرن

پیہ دِوان ناد کُمبس تہٕ کُس یہ صدا پہ آہ و بُکا چھُ کیا!
زِ وُزان ناگہٕ پوکھر اٲچھن، تہٕ گرٛھان چاکھ چھِ پربتن

چھُ لوٗ ہے، لوٗ ہے منے سمگھ لوے، یہ چھُہ سُہ موٗت زِمنے یلیمو دوٗنمُ
چھُ سمُن تہٕ ذکرِ خداکرُن تہٕ پرُن دروٗدِ وَدن وَدن





لُس چانہِ ڈیڈِ ژاوسہ چھُے سرسری وُچھان
ہے میٛانہِ شہرُ لکھ ژےٚ فقط گاشہٕ لِ وُچھان

اَزٕ ہور یارٕبَل تہٕ دپاں ولیٚسو ژٕ کوٚت گُژھکھ
کوس آسہ لیٚس وَتَن چھ فقط مالنی وُچھان

ژیےٚ گوٚوے مُشتھ سُہ ناگ تہٕ پہتھ وَن مُسافرٕو
چاۓنی یٔدی آخ ازتہِ سو گُنٛز ژٔنی پڑی وُچھان

شہرس چھےٚ تیلہٕ سڑکہٕ ، دِہے دِہہ تہٕ لارٕ لار
شبنم، گولاب ، تازٕ ہوا گامہٕ کی وُچھان

شُری تازٕ رشتہٕ لیکھنہٕ چھ کمپیوٹرس ، ہتھ
بَب اوس اَز تہِ روتلہٕ پرانٛی بُہی وُچھان



لٔرچھم پنٕز، پہٕ کاأژ تہٕ پامال اٚسۍ تن
لَر ترٛاوِ ییٚتۍ ژوٕ پأری زلرِی زال اٚسۍ تن

یتھ وَن گرٛژھن ییی نہٕ ژٕے قدمن زٕھپے برٛہ
چانین اٚچھن وَیان تہٕ یتھ کال اٚسۍ تن

کوتر یکھن ہینکی نہٕ ووٕزُل رنٛگ زٕنہٕ سُہ دِتھ
کِتیاہ تہٕ تَس اِرادٕ وُچھل وال اٚسۍ تن

دوٚشونٕ وِچھتھ ووٕتھان تلاطُم مٕنے چھُم دِلس
کاہنہٕ اٚنٕ اٚسۍ تن ، سُہ دِوری بال اٚسۍ تن

پٔھترِس پیمتِ گلاب کران اوس یُس جمع
گوٗمُت تمِس تہٕ اُلفہٕ قدس دال آسی تن!

پےٚ چھُم غزل ونان مےٚ چھ کُس، کُس تھٕران شمار
شہنازٕ میۆن کاژھہ تہٕ سٕہ ہم کال آسی تن



# سُٔنز ژۄر

اچانکے

پےٚ پتاہ ورٲی

سو خوٗبصورتھ قدم تُلان وأژ

یارِ نِش

یاٗر ـــــ

یوس گوٲہ سأرِسے

کنٛھن،

سوٗ ژہٕ شوخ خابَن،

تہٕ ہرد زردی

رٕتمن پدٕن دوٕن

زِ لبتہٕ کھٲسو کھٲسو تہٕ شوق پکنک یمن ہٕ سوراں

یمن اٰچھن

وُچھ یموجدٲیی ؛

اَیزٕ ی قسم پرٛارنکو

تہٕ

لۆوز اِنتظار لوگک یمن شرٛیہٕ گوو

اچانکے گۓ کَنن تمٕس نۓ

یہٕ کُس گُبواں اُز !

یہٕ شوقہٕ ہوٚت کُس ؟

کمٕس چھُ ژھاران ؟

تمٕس ژہٕنس پیوٚو

تمٕس ژہٕنس پیوٚو

سُہ ـــ ییٚمی پھُٹرٕ نے ہینزٕ تہٕ مٔتہ مٔتہ گیاوکھ تام وُجارشہرس

سُہ ـــ یارِ وٕنٕہے کمر پھُٹرٕ ییٚمی

سُہ ـــ آرٕپل ییٚمی چھِ خوشِک کٔری ہتہ

یہ کُس چھُ آمُت ؟

یہ کُس گیوان اَز ؟

یہ کُس ودان اَز ؟

یہ کُس وُدان اَز؟

اچانکِے لوے دۄرِ کُنہٕ تام پیتر

سپنس سیۆدُے تمٕس لوٗگ

یہٕ دۄرِ سٕنز زٕۄر آو ہم ہم کراں

یہٕ ہیوتنس کھنُن اُچھن دۄن

یُھتھٕے وُن لعلِے وُجار گژھہَن

یہٕ نیرِ سنہٕ ہَن رُمس رُمس تٕس

اچانکِے کھوت اوٚبرٕ یہٕ لاٗجن شدید بارِش

ہوا یہٕ گگرایہ

کرا پیٖہ کراپھے

دَبیا یہٕ اُتھو تَل سو نَے ، رٕتچ لے

بیدار گیہ زن سو نصف راتس

چھو ہنو اَتھو ژوٚل سُہ ژٕۄر وایس





سارِ سمیٖک لٲلہٕ وان آسہٕ پٔہ ووٚنۍ
تارِکن گگرییٚڑ کران آسہٕ پٔہ ووٚنۍ

شام سپدِتھ دِلہٕ کِس صحراوس
لٔس پٔتہٕ طوٗفان ووٚتھان آسہٕ پٔہ ووٚنۍ

زوٗنہٕ گاشس مژٕ گونٛژنۍ بنٛد
یوٗسفنۍ زار ونان آسہٕ پٔہ ووٚنۍ

ییٚتھ زمانس کیٚتہٕ گےٚ فُرصتھ تیٚژ
دردٕنۍ ہیٚتھ سُہ نٔژان آسہٕ پٔہ ووٚنۍ

یاد آسَن تِتہِ کُس مشٕزِل باٰتھ
کاشہہ تہِ شُربانشہِ کران آسہِ بہٕ ووٕنی

شہسوار سَس، سیکہِ ماٰدانَس منٛز
میۆن وُنی زلٕس زٕ وٗدان آسہِ بہٕ ووٕنی

ووٕنی چھےٚ لُجمُت تِتہِ وسرِاتھ زٕوٕ پاٰری
میۆن آنگُن تہِ دزان آسہِ بہٕ ووٕنی

اَز تہِ آسَن کھتر پیٛمٹ پوشں، مگر
مُشکہِ ادفرِ سوٗزھٹان آسہِ بہٕ ووٕنی





لأژمَن از وُزَن ناگ تَھ بونہِ تُل
اُز سمن راٲوِی مِتۍ یارَس تھ بونہِ تَل

کر پیٚنۍ یاد وَن ہارِ ، کر گام یِکھ؟
دوستَن ہیتۍ وَن کَر وُچھتھ بونہِ تل؟

ناگ اٲسِکھ پدہِن تَل، شیٖشُل تالہِ بِہِتھ
کربلاہِچ کران اٲسی کتھ بونہِ تل

یوسفو! زوُن ژٕندھارِ لٔج ہیٚر دُرس
ژٕینۍ وَتَن چھے وُچھان از تہٕ تَھ بونہِ تل

یِم شہِلہِ گُلہٕ ژٔٹِکھ یاد ہِم کَس بیٚہِتی؟
کس ہِ چھُ ہوٚرمُت اَچھو کِنہٕ یِہ زَہتہٕ بلوٗنہِ تَل؟

ژٕمُ سَنجُ بِلگٕلہِ سایہ روٗس گَیہٕ یِہٕ اَسی
لیُس تہٕ کاہشِہ دُیہِرس بیوٗمُھ آکھ بلوٗنہِ تَل؟





سوٗنٛھہٕ یِتھ ژٕوٚل دِلُک غُبار کٔمۍ
خوٗشۍ یِوٕنۍ آسہِ جانٕہ وار کٔمۍ

یاٚن تمُو کوٚر حوالہٕ کستہٕ نٔژس
موحبتن ژٕھور ناوٕ تار، کٔمۍ

گردِ سٔری ہترٕلیشہٕ ہُتۍ وُچھم سأری
لوٚوزمےٚ گےٚ نظرِ شہسوار کٔمۍ

دُز ژٕنٛزکُج سوٗ سانہٕ لوکچارٕچ
ووٚزۍ بُہارُک سےٚ مےٚ اِنتظار کٔمۍ

سرسٔری نظرِ وُچھۍ، یتہٕ ٹِکو پانس
کٔرۍ گوٗلابو لوٗتے شِکار کٔمۍ



پۆت زۄن چھم ژٕہتَس تہٕ سو آسی اَچھن تلےٚ
چھُم پاسِ اُخرِچ سو بجاٲیی اَچھن تلےٚ

صُبحک سُہ لۆکُٹ مار زِ ہوشی نیۆو تٔمۆ
کالُک سُہ نار، واو تہٕ شِشی شِشی اَچھن تلےٚ

کھیٚنکو کھیٚنکو مہٕ بکاٲلنہِ ہاوژٕ ہیم آنٛگنٕگو گولاب
سوٗنتس یۆچ سو چاٲنی غرٲبی اَچھن تلےٚ

ہرُدک ہوا تہٕ زرد پٔنکو ڈیر، اۆبرٕ نب
تَس آسہِ لاٲزمَن سو جواٲنی اَچھن تلےٚ

گُلرن دِیُتھ ژٕنے حکم، بُتھِس ناو میاٲنی لٔج
وولُرک ہوا تہٕ چاٲنی خداٲیی اَچھن تلےٚ



ترٕ ددِین وُشنٕز وُشنٕز نامہٕ لیچھایہٕ ڈٔے دوٚہَس
ٹگوٕ ہٕ تمِن پرٕنٛی تہٕ ٹلو جامہٕ چھیٹایہٕ ڈٔے دوٚہَس

کیاز ووٚنگھ نِصف شَبس لوٗکھ کھُسِن زَبرٕ ولٕس
نارٕ سمندرس لوٚیے تارٕ ترٛیایہٕ ڈٔے دوٚہس

دژایہٕ ییٖھٕتے یہٕ زوٗن شُنٕز، آیہٕ کلبن تہٕ زلو مگر
کاٚلنہٕ سمجٕ ہٕ کیازٕ یم طوطہٕ کلیٹایہٕ ڈٔے دوٚہس

راتھ تہٕ گئے ادا مگر دژاو ہٕ کاشُب تہٕ یارٕ ٹلو
آرٕبلن امارٕ ہُنٛتر بأتھ کھنیٹایہٕ ڈٔے دوٚہس

تاپہ ٹینکِس پیتۓ دواں رہُدی مگر لوٗبکھ ہِنہ کیٹہ
کیاپہ وَنے کمن َکمن گُنڈی سیناپہ ڈے دوہس

راتھ سیاہ وُچھتھ دوٗپکھ گاشہ ورائے کیا کرو
تی چھُ ہمن ژہ بتس بیوٗمُت یکھ نہ سینیاپہ ڈے دوہس

ژبری مئے پۓ لوٗگم زہِم واٗتی نہ کیٹہ علامژن
وائے مئے کمٔ ساشوقہ ہم شاریریاپہ ڈے دوہس



# توژھ

تھُتہ کُنٹھِس اَندر چھہ پژرزلان اۄنہٕ
تھُتہ کمرِس چھہ ژٲنگِس پۄشِپرِ ژگتھ
نٲلِ تارکھ مالہٕ ترٛاوان
آسہٕ یِتھ منٛز رٲتی راتس
اوم یَن اَلساوَنس دوران ،
چشمن
آسمانٕچ پژسِتھ پژرزلوٕنی داو
یَتِنی ڈہِتھٕ وٕلنٛج توژھ

بیدار





پژہتھ کألنبہٕ دِل یِتہٕ عشقہٕ چھُہ معمور خال کانٛہہ
لۆژُک ژۄپأرؠ سایہٕ ، یِتہٕ پُرنوٗر خال کانٛہہ

یُس یاد پاوِ رتم زِ ہمو وُچھِہٕ زنٛہہ بہار
کرناوِ جامہٕ چاکھ سُہ کستوٗر خال کانٛہہ

یَتھ تل دیِیوٗتھ بہہ زِ دَما چشمہٕ شیٖہلنَے
تَتھ ویرِ چانہٕ اَس سبز موٗر خال کانٛہہ

چھکھ چشمہٕ ناگہٕ راد یِتہٕ روے تابہٕ وِزٕ گلاب
اکھ مُملکت چھےٚ ترٛتھ یِتہٕ زِ مجبوٗر خال کانٛہہ

کِتیاہ چھِ جلوٕ جلوٕ کراں ، جلوٕ جلوٕ بس
ژألِتھ مگر ہبکان چھُ کوہِ طوٗر خال کانٛہہ



روزتمس سوار سوے ہوسہ برژ سو مٹ دوہے
وُچھ مے توے چھلتھ تہ لتس نالہ سو فرِ دیٹ دوہے

کیا زِ ہمو لیقین کوٚر ، ژوٚر بھریایہ مکتبس
کیا زِ ہمو لکو پینز سینہ سپار ژٹ دوہے

شہر تہ گامہ پژ ہتھ اکس لوکہ کنان اتھو بیٹھی
میانز قلندرن توے پر بتہ جاے رٹ دوہے

اوس وو زل گلاب امس روے تہ چشمہ ناگہ راد
واے بچار ، کیناونے اس نہ گاہہ کٹ دوہے

باگہ برژ لوسے وُچھکھ پوشہ کھراہ تہ سوے ژٹکھ
خوفہ امی وو پر اچھو ، لاو بہر مے کھٹ دوہے



تأپرِ یمٚیک لوٗٹھ چھُ سخ گردِ غبارس
سۓ خوٚاب اُچھن ژاو ڈُن شہناز رشیدس

وۄذ کوٚت چھُ گرٛزھن لس تہٕ کتہٕن راتھ گزارٕن
دَے زانہٕ مُشتھ اوس گوٚمُت کیازِ سوارس

سوے راتھ زِ پھُرٕوو شرٕلو ہٹیٛپ تہٕ قومیٛرٕ ژوٚل
سوے راتھ دِیان اُس بہٕنم راتھ بہارس

لوٚگ اُسنہٕ سُہ ڈُریاو زِ آواز سُیٛھتےٚ گے
وہرٲژ کولَن آسہٕ یُہِس آب زبردس

کانْہہ شوخ نظـر گژھ نہٕ تٔمِس قتل کرٕنۍ ژٕنبہ
شٔہزادٕ لۄ‌تـے آبہِ گۄڈمُت ہُرِنہٕ ہِشکارس

یُتھ بۄہرِ گۄڈـے زاگہِ بیٖھتھ داو پُشس تَل
ییتھ جایہِ پھوٗلُن اوسہٕ ڈٔں یُتھ تازٕ گولابس؟

اَختابہِ درُن گوٗڈھ بہٕ، ہٕشھٕنٛز گژھ بہٕ ہٕشھٕج زوٗن
ییتھ غم تہٕ اگر اۘسی تہٕ شہنٲز رشیدس





مےٚ دامہٕ دامہٕ اُمی ہِنی اٚچھن ژٕہتھ سو نمی
مکان میانہٕ دِلک وول سیرِ سیرِ اُمی

کمِس کُنُھ ژےٚ شہر وأتِھ یہٕ گام یُنُن
ہٕنہٕ بے ژےٚ یاد ہٕنہٕ رُودی ژٕ ہتس گبلاسہٕ گُلی

نہ شُری سوال رِچھنہٕ تگو لگن، نہ شُری شوقے
لوَے تماشہٕ کِنَن وأل نظرِ گےٚ نہٕ کُنی

بنیا، شکارِ پھٹَن، کھِل وُہتھر لگن پامَن
بنی نہٕ زوُن ژٕ وداٚہم تہٕ لوسہٕ شامہٕ سُلی

یہٕ کُس کران چھُ تلقین دَر گزر کرُنک
صدیق رضؓ ہیوٗ تہٕ علی رضؓ ہیوٗ یہ کُس غلامِ نبیؐ

# پارے؟

پتہ گے ژھوپہ
ہنصف ہشیچ ژھوپہ کأ جس بأ گ
پارے دِہ وول اوس ونان
"تاوَن بیوٚ، ہے تاوَن بیوٚ
ژھیتہٕ گے ژٕ أنگو أچھن ہندی
ہوشی ڈوٗل قدمَن
سوٗنچہٕ صفن پچھِہ لیکھنہٕ یوأنی نوٚو تحریر
دِلہٕ دُبرایی شٔرپ صحرا اوس
وہتھ ہبٹہٕ ہبٹہٕ نٹُو نالہٕ دوان
العطش کراں
خوشبوے گلن ہنز
زوٗن ژوہ دأ ہم
شوق
امار
زوٗل أچھن ہُنٛد

ڈگ دادِن ہٕشنز

لٕبنٕچ کُل یا ــــ راوَن تیۆل

پٔژ ہِتھ انہار

پٔژ ہِتھ آکار ــــ پھلہٕ پھلہٕ سیکہٕ مۆکھ

وُٹھ گوو اِحساس، ہے وُٹھ گوو اِحساس"

پارَے لۆژِتھ گوس پٔہ زَن مَس ہٕندرِ بیدار

اُچھ موٗلہٕ ناواں گاشہٕ سۆدَر

ہوش پدٕبِن چھُم

سوٗنچہٕ صٔفس چھُم قلم لیکھان

اِحساس زِندٕے

دِلہٕ دُبرائِن مشرٕ چھُم خابَن ہُنٛد سرگم

وہِتھ مشرٕ ناوِ نژاں

شوق گولابن مالہٕ کراں

کینٛہہ چشمہٕ بَرس بیٹھ وَتن وُچھاں

کینٛہہ جامہٕ ژٹاں

کینٛہہ نامہٕ لیکھان

کٔژھ باپانٕہ پٔہ پارَے کٔژھ با؟

پارَے دِنہٕ وآلس کٔمی وۆن اِحساسے موٗد

وَتہ بیہہ ڈاس تہ پُرژ ھمکھ
کوّت گوو؟
یارَسے دِنہ وول کوّت گوو؟
ہے بُنگہ گے ئم
تھلِہ تھلِہ وُچھہَم
تھلَہ تھلِہ رُودی وُچھان





تِمبِر موکھٕ سِےٕ ، نار پِےٕ
گُل تِہٕ بِےٕ ، گُلزار پِےٕ

میٖنؠ اُچھن موجوٗد آب
نیٖل ناگس نار پِےٕ

میٖنؠ چھےٚ ہلمس سِکھ بُرٕتھ
چھُس کِناں سبزار پِےٕ

آلِہٕ واں دستار میٖنؠ
چھُس کِناں دستار پِےٕ

داستان اڈلیوک سے مٔیّ رؤس
قاٗفلگُ سردار ہے

ہتھ اتری میّے گڑی ، مگر
قدرتگ شہکار ہے





شیٖنۍ ژٕرکھ ہیتھ آو اَکھ
مَن نٕرس پھٲٹ ناو اَکھ

بیٚیہٕ چھُم، مشکیٖزٕ چھم
کرعطا صُحراو اَکھ

گردِ برٛزی گومُت مگر
برٕنہٕ لیکھتھ ناو اکھ

وقتہٕ! یادٕ چھُم، ژیٖشا
بختہٕ بوٗڈ آیاو اکھ

یار ساڑی گئے مُٹھ
از مگر یاد آوو اُکھ

سَٹھ زمین آسمان تُوں
ڈیہنجہ پیہٹ بَس داو اُکھ





بۄہچان گُمُژ ماٲلِہ تمن ٲس ، نظر رٲسۍ
کم ٲنۍ ورفتار ٲچھو میلہٕ کنٕنۍ کھٲسۍ

تم یارٕ بادٲمۍ ٲچھن خالہٕ تمن رٲوۍ
سمکھان یُتھے ٲسۍ تہٕ کم دٲدۍ بلان ٲسۍ

یُس اوس ٹُلان یارٕ وَنِہ کتھ تہٕ ودان اوس
افسوس یمۍ شہرہٕ پۆلُن روو سُہ وَلو ٲسۍ

کتھ وُژھ نہٕ کُہنۍ بجلہٕ وَنِہ پیوو نہٕ ژھٕٹس کاہہ
دیوانہٕ دِلا ! وَنتہٕ پھٹان کیاز ژٕسے وسوٲسۍ

محفل سو ٲچھو کیازٕ وُچھم میانہٕ خدایا
دستار سرس ٲسۍ ، نہٕ سرپوش سرن ٲسۍ



تَمہٕ ہراں لول، فقط لول کرٕن یوٚس تہٕ کتھاہ
ٹلہِ دِلَس وَہمہٕ پہٕ رہگُپر مےٚ دِیُن گوٚژھنہٕ دغاہ

کتیٚ دروازٕ وٚتھی اَز تہٕ وُچھم زونہٕ شبس
کتیٚ جانانہٕ کراں وِزُد فقط نامٕ وفاہ

تِم لبن نیوٚل، چھَرا نیوٚل، چھرا نیوٚل فضا
ساۓ کوتر تہٕ ہُکھن واشس کڈٕن، اَز نہٕ لگاہ

شوخ نظرے نہٕ یتھن کاڈ گُڈٕتھ آبہٕ ہپکان
تَمہٕ زمینس چھ دوٕزلہِ پوشس وَوِنہٕ عاۓ گوٚتاہ

سوٚتہٕ ژہہ ڈوی نہ سبز خاب، زجے کوٚزنہٕ گوٚنگُل
لوٚتہٕ روزان دوہے چھم مےٚ اَچھن تَل ذاں کھاہ



کیاہتام گۓ مےٚ زیر تہٕ لُہرووُمس کلاے
تہناہ پہ روذُبے نہٕ مکانَس سپنز سُراے

اَن پرَ اَچھَن مےٚ لول ژٕنیتہٕ دوہ وُچھکھ برَان
سُے اوس دوہ گُلاپہ مےٚ رُوزٕے نہٕ چاَنٛ ماے

شیٚہلاوِلیُس وجوٗدس شیٚہجار لوٚب نہٕ کیٚنہہ
نادان چھُس زِ لوٗنہٕ بدل مُنٛج مےٚ سرِ ژھاے

ہر موکھ، وولرُ نہٕ پانہٕ پہ تَتھ واقھس گواہ
واوَن جتَن کرِثاپہٕ مگر ناوِ لجٕ نہٕ گژاے

وَصلیچ سو موخت مال ہنہ ہجرُک سُہ أشہ ہلم
تَتھ رأز کیا سا ہاوِ یہ پھیرتھ اگر سو آے

تازکھ چھ اَز یہ رأوِ متین ہسُنز اَنان شیتچھ
کمخاب ہے رِنیاے مگر خاب نَے رِنتاے



# یوٗسُف

زانہٕ دَے

لیلام سپداں کیازِ آخر

پرٛتھ زمانس منٛز یوٗسُف

گاہ سوٚ مِصرِچ بُڈٕ

گَژھے چھس کاشُر زلیخا

ٹلِیٚنٛچ کوٗشش کراں

چھَس گَژھے کاشُر زوٗن

حبہٕ خوتوٗن

پرٛاوِتھ راوِراں

زوٗنہٕ راژن منٛز

گژھے کانٛہہ یوٗسفاہ درواژٕ نیران

پیٚتہٕ پٔتہٕ پھیران واپسے

وٲلنہٕ وادٕن چشمہٕ چھس ژھاران،

اکثر

نالہٕ دِی دی چھس وَنان......

"نادلایے میانہٕ یوٗسفو وولو"





یِمہٕ ہے لوٗلُے آسُن گوٚژھ نایابس ستۍ
قدمس قدمس نظرِ سُہ گوڈسی یابس ستۍ

یارِ قداور رنگہٕ رنگی سروٕ تہٕ پھٔٹ ہتہٕ نٔٹ
کوتاہ باوٕ سے کیا کیا ووٚتھ شہلابس ستۍ

پیٔے ہیٔے اوسے ووٚژھ ژھٔتہٕ کاٹھہ یُلغارٕ کنان
گنڈُن نے گوٚژھ زٕ ہے تہٕ لوٗزکھ خالبس ستۍ

تمہٕ برٛونٹھہ بیٚلہٕ لٔس اوس نہٕ سمکھیوٚمُت صحراو
موٚت اوس بُزی بُزی گاڈٕ کھوان اختابس ستۍ

ترٛلیشہٕ ہتھن موصوم پدہن تل پاڈٕ سپُد
زمزمی آبس ازلے رشتہٕ چھُ کعبس ستۍ



اَسمانکَو ٿوڏيکلهِ لُٽس پزرک قد باسان
اَڍِ زهرِچ تيئهه سُقراطس نابد باسان

يَٿہ صُحراوُس پدِپدِ سورگهو ناگ وُزان
کرتاں دڙاهتي يپارِي سائي جدباسان

ناون دياواں تار تہ کاوَن آلي لِنوان
واو تہ بعضے نيک تہ بعضے بُد باسان

سون محافِظ خانہ ستہ ما ِيتو سُهلابن
رہِ مثز لِبهتہ وِٿہ سائي يِم کاکد باسان

پهلي پهلي يورکو لور تہ تورکي يور انان
جاناوارن چهُنہ سرحد، سرحد باسان)



یُتھ ہٕ کاٛہہ مازِ تٕتھٕ دِوان چھ بوٗلی
بازرس گٔژھ کراں سےچھ بدٕلے لوٗٹی

سارِوے ووّن ہٕ موکھتہٕ پھوتہٕ پھلِن
دوستو! کاٗنسِہ کاٗنسِہ لعَل تہٕ لوٗلی

ٹلِو تہٕ ما پڑاڑِ زوٗن مَس پالِنس
لَس تہٕ ما آپہٕ کاٗنسِہ ٹاٹھِس گوٗلی

پوٚنیرا اَکھ سےٚ وُچھ کھَسان اَسمان
کُمٕ ساٗ درواز قاد خانَس کھوٗلی

گوٚپھ دِژٕے جنگلن تہٕ میٖٹ لوٗکو
ہا گوساٗنیوٚ! یہٕ کیاز دارُے جوٗلی



مُمکِن چھُ گژھن وارٕ وارٕ یارٕ بل مُشِتھ
مُشکِل چھُ گژھنہٕ یارٕ بلکہ آرٕ پل مُشِتھ

لو کچارٕ میانہٕ، بیٚیارِ نُچھتھ ترٛاو یُس زِچھ زٕ
اَز تام گونہٕ زٕنہٕ تہٕ سُہ کوتُر پھرٕ بٹل مُشِتھ

دوہ ڈوٗل تہٕ یاد روٗد نہٕ کانٛہہ گُل مُسافرن
شیٚنہجار ہیوٚ وُچھکھ تہٕ گٔیکھ کم پھَجل مُشِتھ

پرٛزلان اَز تہٕ یادٕ وُترُ چھُم مےٚ راتھ کیٛتھ
تارکھ تہٕ زوٗنہٕ نب مےٚ گژھنہٕ چھا سَہل مُشِتھ

سیٚنکلِبن لگِتھ تہٕ اُس گُکل تاپہٕ وَن منگان
شاید گژھان چھُس نہٕ سو ہرموکھ وُنَل مُشِتھ



یُتےٚ ژٕ وُذ زِ ژمُس ٹاٹھِ یارٕ آہٕ پھُٹن
طمع ژھوکے پہٕ اگر نوٚبہارٕ آہٕ پھُٹن

دیان لبنہٕ ہینکھ تِ چھِ پرٕ نہتھ تھاوان
سُہ کُس رلاوِ نظر، وارٕ وارٕ آہٕ پھُٹن

ژٕ سانہٕ گاٹھٕ اگر ترٛیش چیٚکھ پہٕ، ناگ ہوکھن
اَنکھ پہٕ شیٖچھ ژٕ تیٚج شہسوارٕ آہٕ پھُٹن

قدم وں یُس پہٕ تُلکھ بایہٕ کرٛی زٕ دوٗر نظر
کنبن ژٕلآرٕ زٕ لکھ بُتھ تہٕ دآرٕ آہٕ پھُٹن

یوٚہے وجہ چھُ زٕ تازکھ چھِ ژہری زیادٕ ہرَان
مےٚ اوس پئےٚ زٕ امی اِنتظارٕ آہٕ پھُٹن

# کاڑٕ گوٚر[1]

اکھ سناہ گُذرِتھ،
نِنسگاہ کاڑٕ گوٚر بیدار گوو
تُس ژٕہتس ہیوٚو سُے سُہ گام اَز
یتھ پوٚتُس کدٕلے گیوو سُہلاہ بُزِ
یاد آیس کوچہ تمہٕ گاہکو
تتھکو تم سوٚرمہ ٹاری،
اختابہ اَڈسارِ سے سو لُستی
اَسو اَنھارِ آینہ یمہٕ کس پژٕہتھ بَرس پیٹھ
اِنتظارُک روٚف کران
سُے سُہ گام......

کاژِ گرٕ لٔب زن یمہٕ زِل سوٗنٕہ بڑو نھٹے

نار ہیٔو تنس یادِ وٗترِس

گام وٕسیچ کل گنے لیٖس

کھوٗ وتمٕ سودا بڑِہتھ تھٕو زأنہٕ

پڑأنی پأٹھو کالے

پالنِیے تمٕ ہیٔوت وٗنٕ

آہِسن اَچھ دارِ پڑاراں مأنزِ گلہ ہہتھ

بٔنگرِ نرِ آسن مےٚ ژھاراں

کوچہ گلہ، پیڑہتھ دأر، بر، آنگٕن

مُدرے گٔنڈِتھ وَتن میانٕہن وٗچھاں آسن تِتھے کِتھ

گام وأتھ لس کھورِ بے ڈٕلہ

لَس اَچھو اِنکار کوٚر وَتھ ہاوِنَس

وٗنٕ دِتن

پوٗز لوٗب نہٕ کینٛہہ تمٕ

نادلایاں پھیوٗر کوچن

کاژٕ گوٚر آمُت پہ چھُس ئیژٕ کاٗلی اَز
ڈٲلِ وِسو ندرَو بے لوٗ شو، کوریوٚو
ڈٲلیوِ سودا ہینیٚوٕ"

کاٗشِرٕ نےٚ لوٗزی مگر آلوٗتِ سندی
پرٛہتھ نظر انزآنی، پرٛہتھ درواز زوٚر
آسہٕ تِم اَچھ دارِ واوَن کَش گُڈٕ ہتھ چھٕکراوِمژ
اُس دارِن ہیٛہٹ عجیبے پرٛدیہ چھو کھ
گاٗمی گامے نقشہٕ ڈوٚلمُت اوس،
بدلیوٚمُت خَبر کر
ووٚنی بدٕلیوٚمُت کاژٕ گرٕی سُند اوس سودا

---

۱؎ کاژٕ گوٚر = سُہ شخص یُس زنانَن ہند سنگارُک ساماٛنہٕ زاگِہ منز بٔرِتھ گامہٕ گامہٕ پھیران اوس۔



أسی چھ کاشِری گولاب ہیتھ آمتۍ
شیٚر لل ماجہ ہُنٛد پچھیتھ آمتۍ

أسی چھ واوس شہس، شہس وٲقف
وٲلنہِ وادَن وُچھان وېتھ آمتۍ

یام ئُج ناو بۆڑھ تہٕ لۆکو وُچھ
أڈی چھ گوٗل أڈی چھ ٹھیلو کھیتھ آمتۍ

یم چھ کھوژان واوِ کِس ناوس
زنتہٕ أسی نہٕ ناوِ کیتھ آمتۍ

گرشمہٕ لٔب وپر، شپنہٕ لٔب گُلریز
پرٲژ موسم ستہٕ پرٲژ ربیتھ آمتۍ



کُس چھُ لُس آر اَنی میٚون، وَنی نار ہیٚوتُن
میانہٕ ڈٕری یاوٕ ژٕے آواز دِیِ نار ہیٚوتُن

یادِ وُترِچ یہِ عِمارتھ چھےٚ ژٕوواپاٗری دزان
کُس مےٚ بٕرزناوِ اگر یرٛانہٕ بُہی نار ہیٚوتُن

کُس چھُ لُس یئِوٕنہٕ سینکلو شہرٕ ڈٕری یاو ژہتس
کاٗلنہِ لوٗگ ژٕیری ہُنا کاٗلنہِ سُلی نار ہیٚوتُن

لاٗذِ تاوَن چھُ، گرٛزھن ہےٚ یہٕ گرٛزھن کوٚت وُن، بچاٗری
یُتھ بُہٕس یہِ بٕھ نہٕ کُہنی ناو صحی نار ہیٚوتُن

یِپہٕ بے پردِ گرٛزھن خیمہٕ اگر ساٗنی دزن
ہوسہٕ مندورِ اَرٕزن ترٛاو اَتی، نار ہیٚوتُن



میٖنۍ فکرِ توٗر ژِ دارِ مہٕ اَلراو دُپہرس
وولرِس وۅتھان اَزتہٕ چھ سَخ داو دُپہرس

اَختابہٕ نیٖرلوٗن تہٕ اتیٚ وُچھ زِ سرٕیٚہ چھُکھا
ہیم چشمہٕ میانہٕ باپہٕ ژِ پرکھاو دُپہرس

ییٚمۍ صُبحُہ دَم وۅنیوٗ زِ رُوٗو آنگنَن گولاب
کوٚہ مالہِ بیٚٹھی ژَجاو سُہ زن واو دُپہرس

سوٗنچان کوٚت گوٚمُت چھُ شہُل کُل سُہ آنگنُک
ہُتہ دارِ بیٚہتھ بہان چھ اَکھ کاو دُپہرس

لَل موج! میانہٕ ناوِ تہٕ گنٛنڈِتھ چھ اُوم بن
دیُتمَے دَیَن ژرٕے تارِمٕے بیوٗ واو دُپہرس



وُچھ دوٗرِ گۍ۪ج وُھان تہٕ نزدیکھ آبشار
باسان چھُم زِ زنتہٕ طِلسمی چھُ میون یار

تھکھ مادِتُن تہٕ تریشہٕ دوٗرٕ ھا ما چیٚیِن ژٕ نش
ہے ناگہٕ رادِ نظرِ ژٕ نے ماگوٚ ے سُہ شہسوار؟

شیٚہجار گرٕشمہٕ کالہٕ ، زُمستانہٕ، تاپہٕ ٹیٚوک
لوٚتاہ مےٚ ٹیٚوٚکھ وُچھُم تہٕ تتےٚ میوٚکھ اِنتظار

تِم آسہٕ تریشہٕ دادِ پریشان پانہٕ راتھ
تِم شوٗخ چشمہٕ چانہٕ مےٚ لگِہٕن تہٕ کُتھ بکار

جاناورن چھُ آتپ بچِن تام نیٚون محال
ازتام وُچھ نہ زٕنٛہہ تہٕ نبَس کٲلنہٕ یُتھ غبار

سوٚے راتھ جشن اوس طَیس بیہٕٹ زِ جنٛگ زلیٚون
اَش وانہٕ کینٛہہ ژھوان تمی راٚژ آسی نار

"جی خوش ہوا ہے راہ کو پُرخار دیکھ کر"
بَس غالبنَ یہ مصرعہ پٔرتھ پٔری زِ میٲنی شار





راٗضۍ اَخٕر وٗں سِپُد دَے بوزکھ
دَے چھُ لبُس دَے ژٕ پیاپَے بوزکھ

وۆذٕ سَرایَن وَتہٕ گَژھ مُژرَن بر
یِتھ وٗلنس مژ ہِدر نَے بوزکھ

بلبلہٕ اَگو چھو کھ گُلن بیۆ شبنم
سوٗنتھ ہوآو ، ژٕ ہردے بوزکھ

پژہِتھ اُلنس اٗینٕ دِلو ، لوُر نیوٗس
یوس ینٕ زٕنہہٕ لوٗز سو پازَے بوزکھ

میثأنٔ پأھٹی ژٔ اگر گئنٔ سپذکھ
والے بوزکھ ۂ ژٔ ہئے ہئے بوزکھ

سا، سٔہ شہناز؟ ژٔھری خاب ہکنان
باپہ پوّت پھیر، ژٔ میثوسئے بوزکھ



# پرٛزنٛتھ

پَتھ کالَن کرٕنظرٕ اَہیرٕ بوٚن از کالَس

دوٚپنَس

چاٲنۍ ترَقی چشمن بیٛٹھ

چُون لۄسر، ہے پوٚترٕ رٕنٛے پوٚشن

پوٚز ساٲری پرٛاٲنۍ آکار

ساٲری پَتھ کالکی تم نیب نشان

گرٛٲھی نہٕ مِٹاوٕنۍ

گرٛٲھی نہٕ رلاوٕنۍ خاکَس سٟتۍ

کیٛنٛہہ گوٚڑھ تھاوُن پتھ کُن

کیٛنٛہہ گوٚڑھ تھاوُن زٕرٛھ رتھ

تہٲذیب خانَس گوٚڑھ نہٕ لگُن زٕنٛہہ لوٚر برَس

گوٚڑھ نہٕ گرٛٲھن کنٛگال عجاٲیب خانٕہ پٔنٛن



بہارِ چ کُنہٕ کرُو، سوٚنتنگ ہوا چھاوٕو ، اگر پڑار کھ
بہرصوٗرت، سکوٚنک سرہِ گُل لاگو ، اگر پڑار کھ

اگر پڑار کھ تہٕ بوزو شبنمن کیٚاہ پوشہٕ برگن وٚن
تہٕ کٔتکیٚچ دارٕ مُترِتھ زوٗنہٕ گۄہہ چھاوٕو ، اگر پڑار کھ

وُنن پھیرُو تہٕ ہرنن چھگ دِموا اسی پوشہٕ مرگن کُن
گُلن سورخی، دِلن اسی گُل زٕہتس پاوٕو ، اگر پڑار کھ

سینکلی ایحساسہ کس تاپس پٮ۪ٹھے پرہتھ قدمس ہٕرانی تیتھہ
شٔہج ژھایاہ، ہٕتری کاہنہ ناگہ جوے ژھارو اگر پڑار کھ

وٕتن وُچھو وُچھو ژسے لوسے اُچھو ، مےٚ گٕنزرِی بارہا تار کھ
نٕرو، سونچو تہٕ جگرِ کی چھوکھ تہٕ بلراوٕو ، اگر پڑار کھ



بچشمہ پرٛ بزٕ لیٖنکھ تہٕ گے کہۍ تام مُتۍ مُتۍ گاش پھولنۍ
بَس یُہے اَکھ سہہ جٕچھیا تم ہرموکھس کھٕتۍ گاش پھولنۍ

آسہ تمۍ وُچھمُت شہر یرٛ کاٗلۍ پراران گاش پھولنس
پہر اَندراَز چھےٚ نیندٕ ترٛاَوِتھ مُتۍ گاش پھولنۍ

واوِ ہالے ژٕوٚنگ دوٚدیرٛ کاٗلۍ، باوٕنۍ گرٛزھ نہٕ ہوٚمس
کاوِ لشکر جنگلس کُن کیازِ اَز کھٕتۍ گاش پھولنۍ

گاش پھوٚلۍ تھےٚ لَس پرٛزھن وَن شہسوارس کیازِ ڈٕج وَتھ
حرف اٰخر پرٛنہٕ بڑو شیٖٹھے گوٚژھ نہٕ یُن پتۍ گاش پھولنۍ

یا نہٕ کٕتۍ کٕتۍ حاصلے کینہہ یا چھُ ژھیوٚنمُت ییندرس بن
ٲلۍ تہٕ مازِ ژھوراوِ ہے کانہہ اَتھ کٕھُٹس پتۍ گاش پھولنۍ



صُحراو قدمہٕ ہتہٕ دٔرِیاو اَزستہٕ دوٗر
شیٚہجار کیٚتھہٕ اَچھن یہِ دِلَس کیٚتھہٕ میٚ چھُم سروٗر

یٚتھہٕ جایہِ نیٚرِ حُکم زٕ اَچھ بیٚہٕ مہٕ اَچھ کھُوٗو
تٚتھہٕ جایہِ خاب وُچھنہٕ سمجدارین ضوٗرۍ

شبنم، گولاب، صُبحکہِ وقتُک یہِ لول بوش
ٹنگریے ہتہٕ لامِثال حُسن چھاو پوٗرِ پوٗر

رالتَس چھِ اَسۍ وَنان پنُن حال اَکھ اَکِس
یِم لوٗکھ بٔلۍ ونان، چھِ تارکھ ہتہٕ زوٗن دوٗر

پيارَے دِلوَ، ڏيپوَ کھ وَلِيو روءِ ے پيڻ. وُڇو
گُل ٻُڌُل پچوو ميثون پہ اکھ آئِہ پيھ ڻہ سوَر

وُڇھو، تھتو تہ کَج کلاہ ہمن بَرزباں فقط
حضرت، جناب، ظِلّ اِلاہی تہ جي حضُور





کم یار سپدی خاب، سَنان آسہ گُنڈ زوٗن
یَے پھُم زِ سُہ پڑبھ شامہ ودان آسہ گُنڈ زوٗن

چری گیُش نہٕ شُرین ہُند، نہٕ کاشہ یار نہٕ دیدار
بے زار اُچھو زوٗنہٕ وُچھان آسہ گُنڈ زوٗن

یتھ جایہٕ دوان اوس اُچھو بوسہٕ گولا بن
اَتھ وانہٕ سُہ تَتھ جایہٕ چھلان آسہ گُنڈ زوٗن

مُشکل چھُ سیکِتانہٕ پھولنہٕ پوش، ٹُمِس پےَ
اُنہار میٖوٗن لوتہٕ وَوان آسہ گُنڈ زوٗن

دامانہٕ، زِلیُس مالِہ زِ ہٕٹے گوو بٕنہٕ بظاہر
پرٕبھ رأژ تمِکو داغ چھلان آسِہ کٕنُے زوٗن

چِھس خاب، فقط شوخ سبز خاب أچھَن مشز
شہناز چھُ تس ناو، پکان آسِہ کٕنُے زوٗن



# واو ــــ موچھہ مٔنز

رۄکھٹھ تارکھ پٮ۪ہ زونہٕ ییٚتھ بُتھ پھیشُر
ییٚتھ ہوا زاگہِ اوس زتہٕ کیٚمہٕن
چانہٕ تٔھتھ داوِ ہالہِ زول مےٚ  ژۄنگ
روٚٹ ہوا کازِ تَل مےٚ شامہٕ بڑوٚ ٹھۍ
یَس طمع پٮ۪ہ چھُم گوٚژھُکھ ژٕلوٚت پھیرُن
گاش پھہ لٔگ گوٚژھُکھ ژٕ بَر مُژرُن
چھُم پٮ۪ہ دزوُن شمع ؤُن گُل سرماے
گوٚژھہٕ موکلُن پٮ۪ہ چانہٕ پیٚنہٕ بڑوٚ ٹھے





بَس یُتے یوت وۄنُن، یِی زِ شُبہٕ، دی زِ نظر
یَے کَمِس کُس ؤُں کتھِن آسہِ پگہٕ، دی زِ نظر

کوٚت گرٛھ وخایہٕ ہلم بہتھ ؤُں شبس، شہرٕ نبر
ٹلو کہِ دیٛت کاأنسہِ یتی حبایہٕ پنہٕ، دِی زِ نظر

سَطے سپُد شہرٕ کٔنن لۄکھ پینٛز پرأنۍ پلو
کَس چھُ دستار کٔنن، کَس چھےٚ کُلہٕ، دِی زِ نظر

چانہٕ باپتھ چھِ تھےٚ پأٹھۍ کٔرِتھ زۄل. وتن
بلگٔلے شہرٕ وفا گوٚ نہٕ تہٕ، دی زِ نظر

یِی کھٔٹِتھ اوس نہٕ لۄٚن دڑاودیاں رالتوٚ راتھ
لبکھنہٕ ما آسے لبن میٛشٔ گوٚ نہٕ، دی زِ نظر



اُز تام کرٛی ہٕ کاٛنسہِ تہٕ آگاہ سکول شُرٕی
بڈشاہ یِمٕس وَنان چھِ کوٚت گےٚ لتہٕ ٹنڈی ڈُری

یَے چھُم زِ خنڈِ کرنہِ بیہنَ تابہٕ ٹیٚکو یِگاہ
فلحال زوٗنہٕ گاشہٕ مےٚ شبنمی خیال ہُرٕی

کیتھ بیہٹ بُلبیوٚکھ، کیازِ وُچھتھ خاب یوٗسفنٕی
ہے میٛانہِ سٕہتھ کانہِ ژٕےٚ پھی داوِ کھُرٕی

ولٕسی چانہِ شہر لُوٗز مےٚ نابَد چھُ ٹیوٚٹھ گوٗمُت
ولٕسی میانہِ گامہِ اَز تہٕ مُدرٕی مانٛزرآژ ہُرٕی

یہِتھ پھیرہن سیچھے لار، پکن برٛوٛنہہ تہٕ زیٹھ کھےٚ
یہِتھ کرٛ یہِنہٕ رآژ مٕنز کرٕن کیاہ سفید گرٕی



چھٕکہِ متہٕ وتن کمو از چھ گولاب ساںٕہ گاہکو
لگہِ ڈدولنس اگر پئے، وُچھ خاب ساںٕہ گاہکو

مُہتہ سوٗنتہٕ کالہِ اوٚبرن دجبہ ڈہر کریاپہ لوٗکن
گہٕ ڈلی کھیٚیاپہ پوٚنپری بےٚ حساب ساںٕہ گاہکو

یہ لوان پتھ مکانن تہٕ ہمن نہ بوش حُسنک
ہٕنہ یہ واو ساںٕہ گاٹک، نہ گولاب ساںٕہ گاہکو

چھُ اَپزٕ زہ زون بُجمرٕ چھےٚ ژوپاٚری آبہٕ خانن
چھُپنہٕ پوٚز کران چشمن چھ عذاب ساںٕہ گاہکو

ییٚمہِ کین صُفن چھُ لیکھتھ زہراں چھ کیازٕ تارکھ
کُنہِ زونہٕ راٗژ پرہن سو کتاب ساںٕہ گاہکو



حورٕ، غلمان، تمیُک صُبحُ، تمیُک شام مُشِتھ گوٚو
اُسی یتِکۍ اُسی تِتیُک آبٕ ہوا تام مُشِتھ گوٚو

لیُس کَنن گرٛھینِہ پیٚے سورہٕ اُچھن لغزٕ وُزان اُسی
کُنۍ تِہ ہُند آینٕ کُھٹُس کِنیاز سُہ پاُغام مُشِتھ گوٚو

خط تِہ تمِیٚ سوز تِھتے پاُھٹٕ تِہ اُسمان تِھتے ییوٚل
رنگٕ منڈوٗری تِہ سوے، کوترٕ سے بام مُشِتھ گوٚو

گاش پھولنہٕ چھ جمع موخِتہ کرٕن واُلۍ دِ تھاں تھوٚد
راتھ واُتِھ چھ کرُن لاُزِمَن آرام، مُشِتھ گوٚو

یادرو زِے ہٕ زِنٕز کُج سو بیِنٕز سوٗنتہٕ، مگر دِل
پیٚی ونان اوس بہرحال زِ کیاہ تام مُشِتھ گوٚو



اُسی مُلےٚ آسی غلط، آیہِ کنِہن پوشہِ ہَلم ہیٚتھ
تُہی پہٕ غلطےٚ زِ سیٚکستان گرٕژھو سروِ قلم ہیٚتھ

شُربہٕ اوُسس پہٕ اُچھو منٛز بنیکھ میانٛز گُل ارزتھ
وۄنی گمتی سنٛخ چھ پیشمان، دپان موختہٕ دِلَم ہیٚتھ

آسہِ پرتیتھ پرٕنے منٛزٕ پہٕ دِلَم آینٛز اُتھس کیٚتھ
دامنس ڈٕج مۄے مُرنی آسہِ پہٕ پشمینہٕ ہیٚنَم ہیٚتھ

سانہِ آنگنٛز پہٕ رُدِن جانہِ گرٕکی پاٹھو چھرا گُل
دژاو یژٕ کاٗلی بیٚٹھکو حاتما اُکھ سانٛزِ پہٕ غم ہیٚتھ

اوس عادَتھ پہِ اَمِس باغ وُنٛن صُبحکہِ وقتےٚ
لوٗنچہِ منٛز آسہِ امِس پوشہٕ، یہِ نےٚ اوس پہٕ بَم ہیٚتھ



شُر چھُ وَشفن گرٛزھان نازٕس کُن
گوس عمدَن پہٕ شیٖشہٕ خانس کُن

ین زٕ آیہٕ بُلبلَن روزٕکھ
ین گرٛزھکھ زٕہ مُتس بہارٕس کُن

سوٚنتہٕ خوش، ہرد دِل ملوٗل گرٛزھان
اَسہٕ چھہٕ زِندَے، شُکر خدایس کُن

تُل کِتٕری روٗے وُچھتہٕ گرٛزھن حاران
ٹکہٕ جنوٗبکہٕ اگر شُمالس کُن

فِکرِ ژٕ کأنسہٕ کأنسہٕ کُنھ سوٚنچ
کٔر نظر کأنسہٕ کأنسہٕ نالس کُن

# کُمۍ ووٚنُے ؟

میانہٕ گاہکۍ رٕتہ شہلۍ کُلۍ
کُمۍ ووٚنُے زوزریایہٕ کُھۍ یاہ
سونٛچہٕ کِس یِتھ پرگنس
شہجار تیٚلہٕ ما آسہٕ ہے

میانہٕ شہرٕکۍ گاشہٕ تارکھ
کُمۍ ووٚنُے کرتام لوٗسِتھ گےٚ خبر کیٚتھ پیٚتھ وٕنس منٛز
شام سپدِتھ کُس جراں تیٚلہٕ
داہنس میانس چھُ تارکھ مالہٕ ؟
چشمن کُس کراں تیٚلہٕ زوٗل راتس ؟



نہٕ اُس کھٔنٛز، نہٕ کٔنہِن منٛز کٔنٛز دِوٕری باٗچ
پہٕ گرشمہٕ کراے، سوٗزن اُس ترٛلیٖشہٕ دوٗژھ ناٗگچ

ہواہٕ اوس شُہُل، دِل ہٕ اُسی اۭنہٕ مگر
نہٕ پھوٚل گُلاب زمینس، نہٕ وُژھ کیٚھتے لوٚچ

ژٔنے سحرٕ کانہٕ چُھٕ قیٖمتہٕ لچھن ہٕ تَوٗدن منٛز
چھےٚ چانہٕ فاصٕلہٕ ازٕنیک تام زٕنٛدٕ بُڈ مرٕچ

ہٕ زرد چشمہٕ ووٕزٕلی گُل مشٕگن، چھُنا مُمکن
سو کرساٗ ہرٕدٕ مزاز و کتاب پٔرٕ سوٗنٛچ

مےٚ وُچھ پہٕ پانہٕ وکالتھ کٔنہِن کران اکہٕ دوہ
کھٔران کیاسازٕ نمبس دوستس پہٕ زم اۭنٛچ



باسی، ژٕ زن پٕران یمی شٕہرچی کتاب
نۆو جنگ نامہٕ پٔرۍ زبہٕ واٴنٛج ژٕٹۍ کتاب

پرٕیتھ دوہ لۆٕے دلیل تہٕ سرتازٕ اِنکشاف
یم چشمہٕ چانہٕ زٕنٛتہٕ چھےٚ کانٛہہ سائنٛسی کتاب

نَے بَستہٕ پٔدۍ ژٕے چھی تہٕ نہٕ چھےٚ چشمہٕ پُرسکون
مانی ژٕے کٔس ژٕ آکھ پٔرٕتھ باٴطنی کتاب

کَتھ جایہِ رَکھ شٕھٹیوٚم تہٕ تَمتھ کیٛا بہانہٕ اوس
لگو پرنہٕ شِینہٕ راٴژٕ پہٕ زاٴنہٕ میٚے کھتی کتاب

نَظرن مےؔ گوو دُژلیوؔت تۂ یتی ڈوؔل مےؔ حِس تۂ ہوش
چھکراُو ورقۂ ورقۂ مےؔ واوَن یتی کتاب

توؔگ نےَ اگر سرُن تۂ فقط آخری رسولؐ
تجؔ نےَ اگر پرِڈٕ تۂ فقط آخری کتاب





گوو شام تہٕ وون سنٛخ چھُ گٔہل اَتھ نہٕ سناں کاہٕنہ
درکار چھُ از گاش گُتُل، اَتھ نہٕ سناں کاہٕنہ

شہجارِ روٗس آنگُن ؤن سپُد بأژ ودان اُتھو
ہوٗکھ کیازِ قداوار یہٕ گُل، اَتھ نہٕ سناں کاہٕنہ

سأری چھ سجاوان پننہٕ نال تہٕ گُلدان
پھوٗلی کیازِ زُمستانہٕ تہٕ گُل، اَتھ نہٕ سناں کاہٕنہ

بتم سر لبجوٗد، آسہ یم از تام کنُہن یار
اِبتادِ ستھٕے پأٹھٕ پوتُل، اَتھ نہ سناں کاہٕنہ

پربہتھ کاہنہ چھُ دَوان از وُں طِلسمأتی شہر گُن
تَے ناو، پہٕ دُری یاو چھ پُل، اُتھ نہ سناں کانْہہ

کوٚرمُت چھ لکو زوٗل زِ لبُو راُوِمتی انہار
وۄلنگان چھُ سخ راہٕ موغُل، اَتھ نہ سناں کانْہہ

دَم پھٗٹ چھُ گوٚمُت گام زِ یِرتھ ترٛکھ نہ بییہ زانْہہ
سرسبز مگر ویرہٕ تٔل ، اُتھ نہ سناں کانْہہ





خاب ہیٚنز کھٔو وُنہٕ کیٚنہہ کالس موجوٗدٕ ے
یِم گُل دان زٕ ٹھاو تہٕ حالس موجوٗدٕ ے

وٲنس گزٲرِن شبنِمہٕ سٕتہ ازماوان
داغ وُچھس ییٚتھ روٗد گُلالس موجوٗدٕ ے

واوکی پاٹھ ییٚن تہٕ گژھن مدٕمتی ارمان
وتہٕ پٕدی روزن کیٚنژس کالس موجوٗدٕ ے

ہیٚلبِن جامَن سُور مَلُن بییٚو وِزِ وِزِ تَس
ساٲری آخ چھ ہرموکھ بالس موجوٗدٕ ے

بیٹیہِ پھوڑلی پوشس ہتہ بیٹیہِ تُل جاناوارو گڑیز
وُنہِ چھم پرسکو چاکھ سۓ نالُس موجودے

آرِ پلو کوڑ بیتہ پیتہ، کرُی ہُس گگ ہتہ سلاخ
کاہنہ کاہنہ داو چھۓ میاٗنس زالُس موجوِدے





تٕم ؤشنٕ لُکھ، سو شیپنٕ راتھ دِتم
پھاژٕے لُش پڑون کینٛہہ سوغات دِتَم

شُرٕ بہٕ لاگے، ژٕ سوزتم مدرس
میلہِ برٕ ہا پُلو، دوات دِتَم

کینٛہہ تہٕ رودُے نہٕ سوٗنٹہٕ کالہٕ ژہتَس
چھم ژٕے لُش گُتو وأجبات، دِتم

چھاوتم مأری فت نٹو نارِلو
گاشہ سٕری یوس کرِم سو رات دِتم

کُکلہِ گوٗ گوٗ ٹُلاں چھُ کڑأ‌لی چھوکن
بار الٰہی سو کھچ برات دِتم

# آگُر

ییٚلی زوٗنہٕ شب آسہ
شبنم تیٚلی سپدِ ناٲزِل
گُلاٮ۪ن جِگر شیٚہلہِ
گُل تازٕ سَپدن
اگر گُل نوٚن

رقص پوٗشرِ کرَن
شُری ژٔرُن ہیٚن

دَوُن ہیٚن
اُسُن ہیٚن

یِتہٕ ماجین اچھن مشرٕ پٔزٕ بزلَن
خبر کیتٕ تارکھ





شیشہِ ہیرن ڈُلہِ زن گےٚ اَرمان ، تہٕ سونٛچ
اَنٛن زن گےٚ بُھتہٕ پھرِ یِم انسان ، تہٕ سونٛچ

سیٚنکلِین ژھنڈِتھ ووٚتھ نہٕ اَگر کانٛہہ گردِ غبار!
ووٚتھ نہٕ حیاتَس زَلہٕ ووٚن کانٛہہ طوفان ، تہٕ سونٛچ

مبٔرِ زن ڈوٚل تأثیرٕ بُھتہٕ پھیٖرُ واو سِپُد
پھُٹراوِنۍ مابِین اَسِہ یِم گُلدان ، تہٕ سونٛچ

نخلِستانکۍ خاب تہٕ بُتھہٕ صحرایہِ اعظم
پیٚٹھ چھی خاب تہٕ کأفی لوٗزُک جان ، تہٕ سونٛچ

زوٗن کھۄتھ ووٚنۍ کیازِ نہٕ زخمن کرٛأ لی دوٚہتان
تارکھ کیازِ نہٕ راتَس وَچھ کوٚران ، تہٕ سونٛچ



تٕم تار کھے ہرٕیاےٚ یٕمن پیٹھ نظر مےٚ آسٕ
چشمن دٕرے نہٕ موکھتٕہ، اٚمِچ کرٕ خبر مےٚ آسٕ

بادام پھُلیہٕ کیُت سو گُکل آسٕ یوٚت یِوان
پژھ لوٕ سونٕتہ زنٕتہ سو کھُٹران پرٕ مےٚ آسٕ

لَاتَقنَطُوُا ہران یمٕس اوس دوٚن اٚچھن
سوے مُڑووٕ کھان اٚس تہٕ مُڑران برٕ مےٚ آسٕ

زٕنٛہہ دارٕ ہے ہٕلم تہٕ گٕدی یاٚتی آسی تٕتھ
دٕیہس زٕ حال باو، سو باوان کرٕ مےٚ آسٕ

تٕم دوہ زٕ قدمہٕ قدمہٕ پھُلے آس یاوٕلس
ہٕلمس بٕرِتھ گلاب، ہٕکس ییٹھ تبر مےٚ آسٕ

# بٕرٛم

کِتِس کالس یُتھ کٔنہٕ شہرس اَندر
چانِہٕن کھنڈراتَن پیٹھ درِ میٚانٛز
کتر ولٕر
میانِہٕن کھنڈراتَن پیٹھ
شیٖشہٕ اُر درِ چانٛز





اگر نہ آسہِ یمن پچون سایہِ، ناگ ہوکھن
تھَوکھ ینٕہ ڈاڈٕ زٕ آگرُ، خدایہِ ناگ ہوکھن

نہ ہرموکھس چھُ یہِ مُمکن زِ موکلہِ اوٚشہ ہارِتھ
نہ سانہٕ وُڈرِ پیٚنٛٹھکو میانہٕ بایہِ ناگ ہوکھن

چھُ پرٛزیہ قاٸِچہِ پراران رازٕ پاتالُک
اگر نہ وعدٕ کٔرِتھ اَز تہِ آیہِ ، ناگ ہوکھن

زمینہٕ تٔلی چھِ لِکاں، چھُکھ مگر گٔزبرٛاں آگرُ
ژٕسےٚ کٔمی یہِ وٕہم کوٚرُسے تہ یہ کرایہِ ناگ ہوکھن

یمن ینٕہ قطرِ تہِ آبک سےٚ مےٚ وُچھ اُچھَن اندر
تِمےٚ ونان وُچھم جایہ جایہِ ناگ ہوکھن



روے وُچھنٛک کٔمِس نہ تجربہٕ اوس
یُس وِسُے آنہٕ از رُٹِھتھ دُبہٕ اوس

زائِرن چھوٚزٕ ہلم ستہٕ اَستانس
بٔرنگ پھُٹِھتہٕ وٕسی پیٖوٚمُت قُبہٕ اوس

کأنسہِ کھٔرِ دِزٕہ تہٕ کأشِہ ۂری کوسم
کوٚرعطا تمیٚ مےٚ تِ یہ یُس ہُبہٕ اوس

پوٚنبِرِ بن رٹِنہٕ، یلوٚنہٕ سوٚنتہٕ شُرلوٚ
ازوٕن یٔژ کأٲلی کھوٚلہٕ مُت ڈُبہٕ اوس

خوفہٕ یا شوقہٕ تھوٚد ٹُلن، ووٚنی گو
لَس نہٕ دستارِ روٚس سجاں جُبہٕ اوس



پزٔبزلان یوس اَس گژھۂ گژھتھ اَسمانٗن مشز
قاٗد سپِز سوے تار کھ موکھڑ تھَہ خانٗن مشز

رتہٕ کولہٕ، ترٔلیش، اوٚش، آزار، جنگ، صلح
زِندہ گی ہبٔدی آثار بِچھ ریگیستانن مشز

مخملُی بستر نُفرس نَفرس ڈاٗئی زیپاٗم
باژ گرِکی، گرِ ژھاراں دیواں خاٗنن مشز

وُنہٕ تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ دروازس پیٹھ لول نیٖان
وُنہٕ تہٕ چھُ کاہنہ ژوٚنگ وزاں وُاٗرن مشز

خوشحاٗلی ہُنٛد گژھ کرناوان اُسۍ تہٕ کُھٹِن
اُسۍ تہٕ ژھ تھاواں دود کُھٹِتھ گُل دانٛن مشٕز

نَے اوٗسُس کاہنہ دلٕغ نَے اُس تَتھ کاہنہ گیٛنز
دستارٕ اکھ نظرِ مےٚ گوٚو نذرانٛن مشٕز

1. DIAZEPAM





گِہہ دُووٗت، گِہہ وُچھتھ ژٕ وۄت پانو
کۄت ژٕ وُوٗتکھ، گَژُھن ژےٚ کۄت پانو

کانٛہہ خریدار چھُم نہٕ نظرِ گژھان
گۄڑھ نہٕ زۄزرُن یہِ پوشہِ پھۄت پانو

تاپہٕ دۄد شہسوار آبہِ پکان
ناگہِ راذس چھُ آب تۄت پانو

آبہٕ لۄٹ وُچھ نہٕ میانٛذ یارِ بَلن
جانٛذ پانٛٹھی چھُ ترٛیشہِ ہۄت پانو

یادِ وُترٛیگ سُہ شَہر لُہرووُکھ
مےٚ ونیوٗمےٚ مہٕ پھیر پۄت پانو

# دوہ دَرِ پُرژھمَس

واٲنسہِ آچھُر کتان لوٚسِکھ ما؟
کھُر کڈاں ڈیٚنجِہ وَنتہٕ راوِکھ ما؟

شوخ ژٕتم چیٚشمہٕ، باتہٕ کرہِ وُنیٚ وُڈھ
پیٚٹھ سنجہٕ زٕنہہ ژٕ اۄسِکھ ما

کیٛاز ژاپاں تھفرِن چھُہ ھرِد گُنبرٕ؟
سوٚنہِٕ زٕنہہ اَتھ سَنان اۄسِکھ ما

کَتھ ولِن ہٕنزٕ وُژہ، اۄچھن گوٚے سرٕیہہ
لوٚز ونُم یارٕبلِ ژٕ وٲژِکھ ما؟

ژٕم ژٕ دوہ لگھ وَتن وُچھان آسی
اَز مگر کاٲنسہِ پرزٕناوِکھ ما!



ژھینؠ دِتھ میٚژیوٚی مکان تہٕ لٔسی کین یاد پیاو
تِمہ دوہ زِ کاہمہ تہٕ اوس نہٕ مسکین یاد پیاو

وَن ہارِ وٕتھ ڈٔلنہٕ تہٕ لگنہٕ پرگرن بِچاٗر
سوزٕ ـــ ژٔنیتس پیٚیی ژٕ ـــ نۆشین یاد پیاو

دفتر چھُ ـــ سُـ تہ از تہٕ چھِ سأیل تِمےٚ، مگر
بدلیاے کیٚتی میز تہٕ قالین یاد پیاو

آیاو کُس تہٕ جولِہ بٔرِتھ کمُ نیایہٕ خواب
وایے پہٕ سانِہ آنگنہٕ کمُ بین یاد پیاو

ژٔراوٕ کھ پٔنُن پہٕ گام ستہٕ بازارِ برٕزی گژھکھ
کوتاہ تمِس کرنٕاو ـــ مےٚ تلقین، یاد پیاو



یاد گژھو بینٛز وُشنہٕ سوخن تاپس
کیٚژھہ ژٕ کر تیٚژھ زبان اَن تاپسَ

میٚون سبزار پٔھتھ ژٕ شیٚہلیوٚ کھا؟
زن پڑژھان اوس زردپَن تاپس

کھاوہن شیٚپنہٕ بُزی اُچھن آیُت
مَتھ گژھاں چھم ژدی ژِسَن تاپس

سُون اژٕہی نہٕ یوُت اوسہ انبر؟
ڈاج وَتھ کاٚلنہٕ دُشمن تاپس

رأژٕ راتَس جوٗکھُن سیاہی ستہٕ
میٛژ چھےٚ ژامٕژ لَتوے ثمَن تاپس



بے ارادٕ اَز سمُکھ بے مُراد یارٕ بل
دوہ ڈُلِھ مےٚ کاٗجِ وَکھ پاوِ یاد یارٕ بل

ئےٚ سُہ دوہ زِ تٔنٛڈٕ پھُٹرِ مالِنکٕ تموٚ ولِسو
سےٚ چھُ دوہ زِ توٚ یتِن گوو نہ شاد یارٕ بل

اَز تہِ شُر اگر بنٛکھ، باشہِ آرٕ پٔل کرن
اَز تہِ لولہِ ہوٚت دِپی دوٗرِ ناد یارٕ بل

کس نہٕ کھوٚت سمَن بلس یُپ، تہٕ کس نہٕ پیوٚ وژلٕن
پوٗش کس اَکِس مےٚ وَن وٗرِیہِ واد یارٕ بل

پایہِ پایہِ موٚد بیہِتھ، بانہٕ ٹھَس نہٕ لولہِ مَس
زَن دُجار کوٚر دہوٗو پیٹرِ یہِ زاد یارٕ بل

# چِٹھ

لیُوکھمُت چھُن، مےٚ ہوٚچھ نہٕ مأنٛزٕ اُتھن
لیُوکھمُت چھُن، ژےٚ ہوٚکھیہٕ آب اَچھَن؟

لیُوکھمُت چھُن، اَپُزٕ وٚنےٚ لُوکو
لیُوکھمُت چھُن، گوٚلاب ژٕدی نہٕ وَتن:

گوٚژھ نہٕ لیکھُن پہٕ کیٛاہ سپدمُت چھُ
لیُوکھمُت چھُن پہٕ کوٚر مےٚ چأنی غمن

اَنہٕ ہیوٗ صاف چھون امار موٚنگُم
لیُوکھمُت چھُن، مےٚ مُنٛگ نہٕ لعلِ یمن

یِی پہٕ وَنکھا زِ خاب وُچھ وُچھ موٗدی
لیُوکھمُت چھُن اگر سوال کرُن

کیاز پانڈو لرِن وُچھتھ ژٕ دِیان
لیؤکھمُت چھُن، مہٕ سَن تہٕ لآیٔ کَتھن

سأنی کاکد تہٕ چھکھ پھرٕنی، آخر
لیؤکھمُت چھُن، زٕ سأنی کَتھ تہٕ تُلَن

بَس وُں روزَن نِشانہٕ زخمَن ہُندی
لیؤکھمُت چھُن، تمام دآدی بُلَن





اِیثار تالہِ پیٹھ تہٕ پدٕن تل نِفاق اوس
کتھ سرزمینہٕ پیٹھ چھ دپان یتھ وِفاق اوس؟

کُس نِصف رأژ آو تہٕ ژوٗل داغ ہیتھ دِلکو
تارکھ جُرِن کُھٹس، سُہ عجیبےٕ قزاق اوس

کیاپۓ چھُ انتظار گران اُس کس سو لۓ
وُذٕ کس دِوان پیچھرہٕ بڑانڈک سُہ طاق اوس

ساأری تہٕ نۓ گیاپہٕ بےٚ اِتفاقہٕ کی شکار
دستار والہٕ لس پیٹھ اڈٕن اِتفاق اوس

پُس از گوڙُمت زمانہِ چہ بے درد گردِ بُزي
خوش حال، خوش وضع پہ وَنے کيا ہُئہ طاق اوس

اُز روے ہووِنم پہ ءِ مئے زوڙُم زِ کيشارِ يلوُت
تمُ سُندُيس پہ زراڻہہ مئے وُڇاوِ ے، فِراق اوس





یُس دِیَس موخت اَچھن ہُند چھُ تسُو آب کِنان
دزوٗگر فروشِی چھُ مگر چیز چھُ نایاب کِنان

توسہ تھالس منٛز اَتھر لُج یِتہٕ بےٚ پرٛتھ کار سپُد
یُس یِہٕ دُسٕریاب کھدر آس، سُہ کمخاب کِنان

کانٛہہ وولرُ چھُی یِہٕ اَچھن منٛز زِیَتھ ترٛیش منگکھ
کیاز صحراوِ بَن والِہ تہٕ تالاب کِنان

کیاز اَپی نہ شہر یوٗت جلد گوکھ مُشِتھ
میوٗن دستار خبر کیازِ یِہٕ احباب کِنان!

تالہِ گُلو دِہتہ مے ووݰُم، ڈُدی مے شعوڑکی پمپوش
عُطرَیس اَس ہِکنز، سُی چھُوُں تیزاب ہِکنان

کیا ووݰنکھ! سونچیہ کہ استانہ کوڑُکھ زوُل شَبس؟
سویتہ ژُسی ژانگو گواہ، لُوکھ اَیزی داب ہِکنان





مےٚ ملہٕ ملہٕ شٔبس وُچھ دزان آلبس منٛز
مےٚ وُچھنہٕ زُونہٕ چھ کوسم ہران آلبس منٛز

زٔنےٚ لبنہٕ اوے ہتہٕ میٚوٗنےٚ مکان آ[illegible]س منٛز
مےٚ وُچھ ہتہٕ ییہٕر گوٗمُت گُل جہان آلبس منٛز

کمن سارآوِمتین ہُند برٛونٹ چھکھ سپدان؟
یہ کہنٛز رایہٕ چھ تارکھ وَسان آلبس منٛز؟

اَسان اَسان چھےٚ ہٕلی کاٚ [illegible]
تمِس تہٕ چشمہٕ چھےٚ شامَن شٔریان آلبس منٛز

سو گرٚشمہٕ کرٚاے اگر یارٕ بل بُھٹس بیہٕٹھ بیہٕٹھ
پہٕ سروٕ ژھاے تہٕ باسی دزان آلبس مشرٕ

یمن پہٕ اُس خبر کھل ؤُھترِ چھ سُخ تؤزکھ
ہتو تہٕ لأج پہٕ کم مان مان آلبس مشرٕ



# وِیرِ تہٕ گُل

کتھ یہ سوٗنچ چھےٚ گُل آسی پھوٚلی متی زٕونہٕ پارٕ
اَیہٕ پرٕزلان، چشمن وُزابٕ خاب آسی
آس بُسوتی ننبر
آرِ ڈٕنڈِس ھنا لوٚن پہٕن ویرٕ اکھ
سرسبز جامہ لاگِتھ
وِساں
برگہٕ ورشُن گرٕ ھتھ
ویرِ مُشٕ چھےٚ گمتٕ آسی ساری ستم
ہرٕ دٕ زردی
شُشرِ

ننگہٕ سپدٕن

کُنٛبر

أتھٕ اٮ۪ندر اَکھ کُکِل

ستہٕ سمندر ژٕٹھ

آیہ ـــــ یا شاہ کرٕتھ بیٚھٕ أتھٕ وِپرِ بیٚھ

وِپرِ موٗحسوس گوٚو یِم چھ پٕدی زأنہٕ وِژ

وِپرِ باسیوٚو یِہ آمٕژ چھےٚ پرٕیچ کُکِل

أتھٕ اٮ۪ندر کُکلہٕ گوٗگوٗ کرٕن ہیوٚت یُتھےٚ

بأتھ سوٚنٛتکی یُتھےٚ گیوٚنہٕ لٔج لبس تِتھےٚ

وِپرِ کھٔرٕ زَن کھکھَر

زن ٹٔبرِ دأجہس

زنہٕ آیس زِباں

زنہٕ ؤزٕھ گکولہٕ کٕن

ہے کُکلی!

کُنہِ وَقتٕ پھیوٗر سبزارٕ میانین لبٕچن

بوزہٕ تِھےٚ ووٚذ شٕہُل کرہٕ آیکھ مےٚ لِش

ہے کُکلی کانٛہہ ژٕ تےٚ ہیوٗ نےٚ وُچھم خود غرض

یادپرُٚشک وٕری کرہنا......
اول ییرُن لوٚزٕ ھتہٕ سپنہٕ دیتمٕے پنُن
راچھہٕ کرٕ مےٚ بچن
تاپہٕ ژٕنجوٚ تہٕ وہراُتہٕ شرٕ اینو
مگر......

ہرٕدِ زردی یِتھےٚ ژاے میٲلِس پنس
یام سوٚنتکہٕ رِنے یم پلو لَس تِھےٚ
یام بدلوٚو روٗح موسمن لَس تِھےٚ
ترٲوِتھس کُنہٕ تہٕ کیوٚل تہٕ مُشرٲوِتھس
لوٚت نظر دِژٕ تہٕ روٗزٕ سے نہٕ یاد گُکِلو
ہے گُکلو کوٚت مےٚ ترٲوِتھ ژٕ اسکھ گمژٕ؟
لوٚت ژٕ اسکھ گمژٕ،
تَھ شہارس تہٕ چھا آرٕ ڈٕنڈِس لشی
میانہٕ اٲنہارٕ کاتھہ سر سبز و پیرٕ ہن ؟
تھَ تہٕ آواہ ہرُد؟
تھَ تہٕ ژاواہ ززُر؟
تھَ تہٕ ژٕجی کھا دَغا دِتھ تہٕ آیکھ مےٚ لش
تھَ تہٕ چھا ووٚژٕ ہرُد،
وندٕ کالک شُشُر

یاگیٹلو ہشز ہتَر
میاؔزِ یاؔ ٹھی وُچھز؟
نُکولہِ گوو زنہ دَم
زنہ وَٹھ گو تمِس
زنہ واٰنج پھٹِس
زنہ شہلین گُلبن ہُنْد نقشَے ڈوٗلُس

ویر یامہ ژہتُر
زنہ باسیوٗس زیادَے سو نیر تھ ؤں گئے
زنہ آلیس زباں
زنہ ؤژھ ککو لہِ کُن
ہے گُکلو یتھ نہِ لوٗگمُت ژٔرے آسی دِلَس
چھُس بہ پاگل، حقارتھ مےٗ کرُ مےٗ لگَے
کیٚا وَنے کُس کُنر ژولمُت چھُم لگَے
ننگہِ کرِ ئُس بہ ہر دَن وَنے کیاہ گُکلو
کیاہ وَنے کُس کُڈر ونہِ ڈلیشُن مےٗ پیوٗ
ژٔ ہشَ بیوٗم رودُم نہ تابے لگَے
ہے گُکلو پَے مےٗ چھُم
چھُن گوگُو چھُ ہرشو حیاتُک سفر

پٔے مےٚ چھُم چُون گوٚگوٚ امارٕس ہٕتزٕر
چُون گوٚگوٚ عیبادٕ ہتہٕ گرٕن ہٕنٛد برٕ
عاشقن چون گوٚگوٚ چھُ پمپوشہٕ سٕر
لولہٕ غزلن بٕحر
مُشکہٕ ادفر گلُن
چھکھ زٕ کوٚ ملبس گوٚ لگُل

اوٚم پٔن چانہٕ ستی چھُ السان خاب
چانہٕ ستی پہ چھس
چانہٕ ستی مے پٔن
چانہٕ ستی مے سبز و سبز تن بدن
اٰہنہٕ پٕر پٕرزلاں یِتھے چوٚن پرلو پوان

ہے گُکلی پٔے مےٚ چھُم چھکھ زٕ لوزُکھ سبٹاہ
زٕ اٰلیتھے نے ہیٚلکھ ینیٚز ہرد کٕ زٕ زٕنہ
ہرد برٕ و شٕھٹے زلُن
سوٚنتہٕ شٕہرٕس گرٕتھن سٕخ ضوٚروری زٕ سے کیٔت
زٕنہ ہرٕد پیٚتھ گُکلی
سوٚنتہٕ برٕ و شٕھٹے گُکلی
یُتھ نہٕ میانین لٕجن پیٚٹھ زٕ تٕرادٕکھ قدم

دُشمنَ گوٚے اگر کیٛژھہ مےٚ وَن پڑارٕ کَس؟

سوٗنٛتہٕ راوَکھ اگر

انتظارٕے مَرن

کاروانٕے شوٚنٛگُن

آبشارٕے ژھوکَن

ژٕنارسیٛنَس ٹشرپَن

أنٕہ حُسنَس پھُٹَن

باکٕہ عاشق ژھٹَن

تارٕ سازن ژھیٚنَن

ہے گُکلی وُچھتہٕ ہوٗوُن مےٚ کَتھ کُن ....

لگے ـــ پوشپرٕ لوٚ ہیٚوت نژُن

ہیٚوت گولابو پھوٚلُن

سورمہٕ چشمن ہیٚتِن أنٕہ مُتہٕ مُتہٕ گرٕ ژھنی

عاشقو ہیٚوت پکُن لوٗری کُن

ہے گُکلی ـــ گیو لگےٚ، گیو لگے

سوٗنٛتہٕ کالٕک ژٕ گوڈنیُک رٕشِل نغمہٕ گیو

سوٗنٛتہٕ کالٕک ژٕ گوڈنیُک رٕشِل نغمہٕ گیو

شہناز رشیدن یُس غزلہٕ ورتاو پننہٕ أندری باؤژہ ...
کوٗرمُت چھُ، سُہ چھُ محض أہندِ پننی زِند شعرِ احساسُک
وِہل ژھایہِ گیٚیُت۔ یہ چھُ اکھ نوٚو رنگ تہٕ اکھ نوٚو طرز
باوقار، سنجیدٕہ تہٕ سٔرٕنی آواز یوٚسہ کأشرِس غزلس مالدار بناوان چھےٚ
تہٕ بناوان روزِ۔

أسی ہیکو یہ بےٚ پھِروٚک پأٹھی وٕنِتھ زِ شہناز چھُ انسانہٕ سٕنٛز
باطنی کیٚو ظأہری زِندگی غأر روایتی اندازٕ أتھِ تراوِتھ تہٕ ویز،
تہہ دار تہٕ معنہٕ سأو لفظہٕ یأری کٔرِتھ پٔرن وألس دِلس تہٕ دماغس
اندر اکھ جمألیأتی احساس، اکھ سوٚنچن ژہتھ تہٕ اکھ ذہنی سکوٗن
وُزناوان۔

امین کامل

Printed at J.K. Offset printers Delhi-110006
Phs: 23241368, 23279852 M.9810348651